**G.R. Santosh**
**by G.R. Hasrat Gadda**
**in Kashmiri Language**



ناشر : فنکار کلچرل آرگنزیشن ، سرینگر کشمیر۔

طبع اول : 2008

خوش نویس : رِنکوٗ کول، نظر علی نظؔر

پریس : جے۔کے۔ آفسیٹ ، نئی دہلی۔

قیمت : 350/ روپیہ

مُصنِف : جی۔آر۔ حسرت گڈہ

# انتساب

پننۍ نمن بچن ہنٛدِ ناوٕ یمو میانمن آشَن قدر کٔر

۱۔ ڈاکٹر اعجاز رسول گڈہ

۲۔ ڈاکٹر ارفانہ رسول گڈہ

۳۔ آفاق رسول گڈہ

جی۔ آر۔ حسرت گڈہ

# پیشِ تصویر

پیشِ تصویرٕ لیکھنچ ضرورت اُس نہٕ کینٛہہ مگر رِوایتس نِش انحراف کرُن تہٕ ژھُنہٕ جان کینٛہہ تِکیازِ ماضی چھُ ہمیشہِ حالُک گَن تہٕ مستقبلٕ خاطرٕ رِوایت بنان۔ غلام رسول سنتوشس تہٕ تٔمی سندٮ۪ن کارنامن متعلق لیکھُن چھُ سبٹھاہ کارِہ دارد تِکیازِ 1965ء تامتھ اوس سُہ گرا سہ سمتی (Cubeism) تصویر یا شبیہہ کاری کران۔ مگر تٔمس تہٕ گرٕپنٕ ماضی ین تِتھٕ پاٹھی تھپھ تہٕ مرنس تام رٕود لَرِ لوٗر۔ چاہے سُہ کشمیر شیو اِزم یا تانترِک آرٹ اوس۔ دنیاہکو تہٕ ہندوستان کہو بڈیو بڈیو آرٹ نقادو تہٕ

عالمو دیتُ سُہ تانترک آرٹک پیشرو قرار۔ اگرچہ کینژھو نقادو أمِ سندِس فلسفس مخالفت تہٕ کٔر مگر رنگ بستس تہٕ لیکرن ہندِس ٹُلہٕ تراوس گٔری ہس زبردس تعریف کأشرٚن پزِ فخر کرُن کہِ فنِ مصوّری منز کوٚر اَسہِ تیُتھ تارُکھ پأدٕ ییمِس نِش باقی تارکھ بےٚ نوٗر چھِ باسان۔ أمِس تھدِ پایہِ مصوِرس، شاعرس تہٕ افسانہٕ نِگارس یتھ کتابہِ منز کٔری مےٚ کوٗشش کہِ أمِ سنز زندگی ہُند پرتھ کانٛہہ گوشہ گوٚژھ منظرِ عامس پیٚٹھ یُن بہ کوٗتاہ کامیاب سپدیوس اتھ منز تہِ ہیکَن پرن وألی گاشراوِتھ یتھ کتابِچس منز چھےٚ 1947ء پیٚٹھ 1997ء (یوٚتام غلام رسول سنتوش حیات اوس) تام کٲشرِ ہنزِ فنِ مصوّری ہنزِ تاریخ سام ہیٚژ مژ۔ تِکیازِ ازتام چھِنہٕ اَتھ متعلق کأنسہِ تہِ حقیقت بیانی کٔرمژ چاہے سُہ جناب پرِتھوی ناتھ کاچرو یا مسٹر پی۔ اٚبن ماگو چھےٚ۔ اگرچہ ملک راج آنند صأبن ماہوار انگریز ''مارگ'' (English Journal Marg) رِسالس منز کم کینٛہہ حقیقت بیانی کٔرمژ چھےٚ مگر تمی تہِ چھِنہٕ پوٗرٕ پأٹھی حالاتن سام ہیٚژ مژ تِکیازِ بوٚڑ بارٕ دأنشور تہٕ عالم آسنہٕ کِنۍ اوس تسُند زیادہ آوٕ ریر آسان۔ غلام رسول سنتوش اگرچہِ تعلیمی لحاظہٕ زیادہ پوٚرمُت لیوٚکھمُت اوسنہٕ مگر از کل چھِ بڈٚن بڈٚن مصوِری ہندٚن کالجٚن منز أمِ

سٕنٛز زندگی تہٕ فنس متعلق زانکاًری فراہم یوان کرنہٕ أمِس متعلق پیش لفظس منٛز زیادہ ونُنہٕ کھوتہٕ چھُ جان کہِ قاًری حضرت پرن کتاب دلچسپی سان اتھ منٛز یم کوتاًہی یا کٔمی تٔمن باسن تتھ کُن پھِرن میون ظوٗن۔ یتھ کِتابچس منٛز دِیٛنُ نہٕ مےٚ کِتابن ہُنٛد فہرست کیٛنہہ تِکیازِ اَتھ متعلق چھِ سبٛٹھاہ کم کِتابہٕ یِہُنٛد حوالہٕ مےٚ تحریرس ستۍ ستۍ دیُت۔

مےٚ پٔز وٕژھِ وأنجہِ پننہٕ آشنہٕ قیومہٕ جان، آزاد احمد شاکر تہٕ بیٛنہٕ پننہٕ اعیالُک تہٕ اَمہِ علاوہ پننہِ بأے کاکنہِ (اہلیہ غلام رسول سنتوش) تہٕ بیٛنہِ شبیر حُسین سنتوشُن شُکر گُذار روزُن یِمو مےٚ وٕژھِ وأنجہِ مدد کٔرتہٕ پرتھ کانٛہہ چیز آیتن تھوو۔ یہِ پیشہِ لفظ لِکھان لِکھان پیٛو مےٚ محترمہ بِلقس ظفرالحسن سُند یہِ شعر ژٕتس۔

کرنے چلے ہیں لوگ قلم میری انگلیاں

کِس طرح اعتراف میرا اے ہُنر ہوا

1 جنوری 2008ء جی۔آر۔حسرت گڈہ

ہاوسنگ کالونی لال بازار سرینگر

# سنتوشنِ خاندانٕچ کرانکہٕ حائنکل



کشیرِ منز کرگوٚ فنِ مصوٚری شروٗع یہِ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ
شقہٕ پاٗٹھی وٕنتھ یتھ زمینہِ، کوٚہن تہٕ بالن پیٹھ یا سرن منز ییٚلہِ آدم
پوٚد پیوٚ تمہِ وِزِ ژھاٗنڈ آدمن پنٕن پان خوش تھاونہٕ خاطرِ مُختلف ذریعہٕ
گرا بناوِنی ہیچہِ کھنجہِ ستی زمینس پیٹھ رِکھہٕ دِیتھ انساٗنی شکل تہٕ جانوارن
ہندی خولہِ خط نتہٕ آبس کنہِ چلاٗوِتھ لوکٹہِ دائرہ پیٹھہٕ بڈی دائرہ بنہٕ نک
ھض ٹلان نتہٕ ہیچہِ کھنجن، گول کنہن یاربہِ ہندی لوکٹ لوکٹ مَری تہٕ
تماشہ بناوان اگر کنہِ کال (Stone age) یاد کرو تیٚلہِ چھ آدمن مختلف
اوزار بناٗوِتھ پننہِ فنکاٗری ہُند ثبوٗت دیتُ مُت گلشن مجید چھُ لکھان''
کاٗشر مصوٚرِی تہٕ نگ تراٗشی ہُند قدیم تین نمونہٕ چھُ پانژ ساس
(5000) وٕری پرونٹھ تم زٕ پوترِ یمہٕ ماٗہرو برزہامہِ لبہ۔ یمو منز چھُ
اَکِس پوترِ پیٹھ شکاٗرک منظر ووتلاونہٕ آمُت۔ مرد چھ نیزٕ لاینہٕ کِس

اندازس منز ہرن چھ ژلہٕ ؤنی گردن پھیرِتھ شِکارِس وُچھان اکھ زنانہٕ چھس ڈ چھِنہِ اند۔ تصویرِ منز چھ ہون تہٕ زِ زۄنہٕ یا آفتاب تہ زنانہ چھ سکرٹ لاگتھ تہٕ ژھوٹ مس یُس وقتک فیشن آسہِ ہے۔" کٲشیرِ ہنزِ فنِ مصوِری تہٕ سنگتراشی ہُند شبقہٕ ثبوت چھُ اَسہِ گو ڈنچہِ صدی پیٹھہٕ میلان یتھ منز کٹہٕ بل شانگس انت ناگہٕ کھدایہِ منز یم چیز درائے تھ منز چھِ پاترن پیٹھ مختلف شکلہٕ بناوِتھ یتھ منز ہوس (Elephent) گاڈ (Fish) جاناوارن تہٕ حیوانن،موسیقارن تہٕ اِنسان وغارِہ ژوذاژ چھےٚ اگر چہِ اَسہِ تواریخ لکھنہٕ برونٹھ (Pre-history period) متعلق برُزہ ہوم تہٕ گوپھہ کرال ترالس منز تتھی کینٛہہ چیز، اوزار بانہٕ بٹھہٕ، زیورات، انسانی کھوپرِ اڈجن ہنز بناوٕتی سٕرنہِ وغارِہ چھِ اَمہِ کتھہِ ہُند شبقہٕ ثبوت میلان زِ کٲشیرِ ہُند تہذیب تمدُن فنِ مصوِری کاژاہ شاندار چھےٚ اسمٕژ۔دۆیمہِ صدی منز چھُ اَسہِ ہارون پرگنہ پھاگ چہ کھدایہِ منز کترِ وبن ٹائلن پیٹھ انسانی شکل، نژن واجنہِ، جانوارن ہنز شکلہٕ، پوش، کوکر جنگلی منظر وغارِہ میلان اَمہِ پتہٕ چھِ مختلف صدی ین منز ہٹہٕ مرمٹن۔ یُیہِ نار پہلگام بونیار بارہ مولہ یمن علاقن منز چھِ کترِبن تہٕ کنِن پیٹھ انسانی شکلو علاوہ بدھ ہٕندی تہٕ شیو

ہندی آکار نظرِ گژھان۔ البرونی چھُ 11 صدی عیسوی منز کشیرِ علمِ و ادبک تہٕ فنِ مصوّری ہُند اکھ اہم مرکز قرار دِوان مغربی تبت کِین بودھ وِہارن یا مندرن منز یم تہٕ دیوارِی تصویرٕ (Frescoas) چھےٚ کاشرٕ مصوّرن ہُند فنی زاۤوی جارُک حِس دِوان۔ مشہوٗر مصوّری ہُند ماہر پی۔بنرجی چھُ لیکھان'' بوٗدھ مسوٗدن ہندِس جلدس پٹھ کاشریو مصوِّرو یوسہٕ تصویر کشی چھ کرمٕژ سو چھِ لاجواب لداخ مغربی تبت تہٕ چینی بودوِہارن منز یم تہٕ تصوٚیر لبن پٹھ بنااۭوِ ہرٕژ چھےٚ تتھ منز چھ کاشرٕ ہُند دیٖثُت۔ اَتھ متعلق چھُ یہ وَنُن ضروٗری زِ کاشرو مصوّرو نی پانس سٟتی مفقش مذہبی دستاویز تہٕ کِتابہٕ یتھ پٹھ لوکچہٕ تصوٚیر بنااۭوِتھ آسہٕ یم اۭسی تم 32 مصوّر یہندِ خاطرٕ لداخ عالم رنچن زنگ پا (A.D Rinchen Zangpo 958-1055 AD) کشیرِ منز واریاہس کالس روٗد یمو کاشرو مصوِّرو بناوِ 108 (Monasteries) یعنی بودھ وِہار یمن منز مشہوٗر بودھ وِہار رالچی چھیٚہ۔ اَتھ متعلق چھُ لداخُک مشہوٗر عالم جمیڈ گیل چھن پننہٕ نِس مضموٗنس '' مُصوِّری و مُجسمہ سازی'' متعلق لیکھان '' فنِ مصوّری کا پھیلاو بھی کشمیر سے ہوا کیونکہ دسویں صدی میں رن چھین جڑپوں جو لداخ گگے کا رہنے والا تھا۔ کشمیر میں

ہی سدھ رتن سدھی، پنڈت گن مِتر، آچاریہ دھرم شانتی، آچاریہِ چِردھکارو رما وغیرہ جیسے عالموں کے زیرِ سایہ رہ کر مختلف علوم کا مطالعہ کیا۔ انہوں نے بہت سی کتابوں کا سنکرت سے بھوٹ زبان (لداخی) میں ترجمہ کیا۔ جب وہ کشمیر سے لداخ آئے تو اپنے ساتھ بتیس32 کشمیری کاریگروں کو لائے اور اُن کے ذریعے الچی سمنہ، مُڈ، گیوزم اور سپتی کے تووں مندروں وغیرہ کی تعمیر کرائی۔ اُن مندروں میں منجوشری، ویروچن اور اولو کیشر و غیرہ کی مورتیاں بنوائیں جو آج بھی فن کے دلدادہ لوگوں کو اپنی طرف کھینچتی ہیں۔ ساتھ ہی اُن مندروں کی دیواروں پر ایک خاص ڈھنگ سے بھتی چتر اور بھتی منڈل بنوائے جو آج بھی کشمیر کے قدیم فن اور کاریگری کی یاد تازہ کردیتی ہیں۔''

وٗنکیس اگر108بو دھ وِہارو منز صرف الچی مشہور چھےٚ اَتھ متعلق چھُ راہل سانکرتیاین پننہِ کِتابہِ ''تاترا کے اپنے'' منز لکھان۔ ''پاس کے الچی گاؤں میں دیپنکر شری گیان کے دُپھاشیارن چھین ونسڈپو کے بنوائے مندر ہیں۔ تین بودھی ستووں والے مندر کا اندرونی نظارہ عجیب ہے۔ گیارہویں صدی مین اس کی تعمیر ہوئی ہے۔

چُنے کی مؤرتیاں خوبصورت تو ہے ساتھ ہی بو دھی ستوؤں کی دھوتیوں پر بنائی گئ تصاویر بہت ہی اچھی ہیں چھوٹی چھوٹی تصویریں بھی فنی نزاکت کے عجیب وغریب نمونے ہیں۔ کتنے ہی رنگوں کا استعمال کیا گیا ہے۔ رنگوں کو دیکھ کر یہ نہیں لگتا کہ وہ نوسو900 سال پُرانے ہیں۔ لکڑی کے ستونوں پر بھی مصوِری کی گئی ہے۔ پرہمچاری نے کہا ہے اگر یہ فنی خزانہ یورپ میں ہوتا تو سارے مندر کے اوپر ایک دوسری عمارت بنا ڈالتے۔"

یمو کأشرو کاریگرو چھِ پننہِ فنکارانہٕ صلاحیژو ستی حیران کُن تصوٖیرٕ تہٕ بُت ترأشی ہندی نموٗنہٕ بناوی متی تمو چھِ اَتھ گھپایہِ تہٕ کأشر ناو کوٗرمُت اچھ چھ قائلین کِس تتھ حِصس ونان ییتھ رنگہٕ ستی ژٕ تصوٖیرٕ یا نقش بیوٗن بیوٗن بو زنہٕ ییٚن چھوٗنکہِ اَمہِ مندرکین دیوارن پیٹھ چھ مُختلف تصوٖیرٕ بناوِتھ یم اکہِ خاص رنگہٕ لکیرِ ستی بیوٗن بیوٗن چھ باسان۔ أتھی منزٕ مِس حِصس چھ اچھ ونان زمانس ستی ستی گوٗو اچھ ناو اچھی اوس منزٕ تبدیل۔

کھتا سرت ساگر کِتابہِ منزٕ چھُ سوم دیو لکھان کہِ ییٚتہٕ کینہہ مکانن ہنزن لبن پیٹھ آسہٕ خوبصوٗرتھ تصوٖیرٕ تہٕ خاکہٕ بنتھ چناچہ

أکس کہانی منز چھُ سوم دیو، مصور کمار دتہٕ سٕنز ذِکر کران۔ ہندو دورِ حکوٗمتس منز چھِ کٔشیرِ بڈٕ بڈٕ عالم فلسفی تہٕ مصوّر پأدہ گٔرۍ ێمو یم تمہِ وقتہٕ تہٕ تصویرن منز تانترِک شکلہٕ أسۍ بناوان تہٕ تانترِک فلسفہٕ تہٕ چھکاوان وَنہٕ چھِ کٔشیرِ منز کأشرِ بٹن ہنز مذہبی پیشرو ہرٕژ (شیویاتری) مقدس بڈہ دوہہ برٕونہہ اَہنرشٕبن کوربن لوکچہ لوکچہ تصوٚیرٕ پیش کران اَتھ چھِ سأنی بٔڈ بأے گورٕ تریٚیہ ونان تأرِیخ چھِ اَمہِ کتھہِ ہُنٛد گواہ کہِ کٔشیرِ منز اوس ہتہٕ ہوٚد ؤری برونٛہہ مصوِری ہُنٛد مقابلہٕ تہٕ سپدان یتھ منز زنانہٕ، مردتہٕ شُری حِصہٕ أسۍ نوان وِنی کبس ییٚلہ أسۍ پرأنی سنکرت تہٕ شاردا مسوِدٕ ؤچھان چھِ تتھ منز چھِ وتبتا دیوی، راگن تہٕ راٗگنی یَن ہنٛدی یا مختلف دیوی دیوتاہن ہندی تصوٚیرٕ کأشرِس کاغذس پیٹھ خوشونہٕ رنگہٕ سٟتۍ وٕچھن وألس جمألیاتی مسرّت بخشان۔ کٔشیرِ منز یمہِ وقتہٕ مسلمانن ہنز حکوٗمت آیہِ کینٛہہ مصوّر ژٔلی کشتواڑ ،کنی چمبا وادِی ، بسوہلی وغأرہٕ جاین۔ کأشرِ مصوری ہُنٛد چھُ پنن اکھ سکوٗل یتھ تاریخ دان ''کشمیر سکول'' لیٚوکھمُت چھُ بدقسمتی چھِ یہ کہ ازتہٕ چھنہٕ أسۍ اَتھ مولل خزانس رأچھ راوٕٹھ کرنہ باپتھ تیار بلکہ چھِ یم تصوٚیرٕ بند الماربن منز کاغزٕ کمبن ہُنٛد غذا بنے ٟتۍ۔ اِسلأمی حکوٗمتن منز اگرچہ تصوٚیرٕ بناونہِ

ممنوع قرار دنہ آیہِ مگر مصّوِرو کوٚرپننہِ فنکاری ہُند اظہار دیوارن پیٹھ مٕنزٕ ستی یا لکرِ پیٹھ بناوٕ مٕژ گُل کاری، نقش نِگاری، جانورن ہندی شبیہہ بنأوِتھ مصّوِری منز اکھ نوٚ و طرز ایجاد یمہِ وقتہٕ اُسی شیخ سعدی سنز بوستان فردوسی سُند شاہنامہٕ نظامی سُند خمسہ کأشرو مصّوِرو کہن کردارن تہٕ واقعاتن ہُند تشریحی تصّوِیرٕ بناوٕمژ چھےٚ تم چھےٚ لۄبونہِ شۄبونہ رنگو ستی تژھے سرتازٕہ ونتہٕ باسان زن چھےٚ مصّوِرن حال حالے بناوٕمژ یم فارسی مسودٕ چھِ ریسرچ لائبریری ۔ایس۔پی۔ ایس۔میوٗزیم۔کلچرل اکیڈمی تہٕ آرکاوزس منز مۄجوٗد۔ کشیرِ پیٹھ کری مختلف غأر مُلکی حملہٕ آورو ساتہٕ حملہٕ یمن منز مغل، افغأنی سکھ، وغأرٕہ شأمِل چھِ یمو کوٚر یتیٖک ثقافتی تہذیب لِتھہِ تہٕ چھتھہِ ڈوگرٕ دورس اگرچہ و ارِیاہ کأشر کاریگر مصّوِر تہٕ خطاط ہندوستانکین مختلف شہرن منز بسیہِ مگر یم یتی روٗدی تمو کوٚر مصّوِری ہُند تصّور پیپر مأشی، قألین بأفی، شال بأفی تہٕ ہچہ کامین منز تتھہٕ پأٹھی بند کہِ از تہِ چھ یم فن پارٕ وِچھن وألس مسّرت تہٕ شادمأنی بخشان ڈوگرٕ حکوٗمتِکس آخری دورس منز آسی یتیٖکی مصّوِر شبیہہ کأری، منظر نِگأری، تہٕ دیوارِی تصّوِیرٕ بناونس منز مصروف اَمہِ تلہٕ چھ باسان کہِ علمِ ادب موسیقی تہٕ دیگر نقأشی شعبن ستی وابستگی

چھیٚہ کأشرٕ بن کرٕ نو کتھ یِمن سارِنے صنفن ہنٕز وابستگی چھِ احساسِ جمالس ہِتی تہٕ احساس جمال چُھ کٔشیرِ ہنٕدِس پرٕتھ گوشس اندر بٔستھ اِدٕ سہ کانٛہہ تہِ ہُنر مندی آسہِ۔

سنتوش سُند خاندان چُھ ڈٔسل پورِ کھنہٕ پٹھہٕ مہاراجہ گولاب سنگھنس دورِ حکومتس منٛز چنکرال محلہ حبہ کدل نالے ماٹرِ کِس بھٹس پٹھ روزنہِ آمُت۔ سنتوشُن موج تہِ أس ای ڈٔسل پور کھنہٕ پٹھہٕ (تحصیلِ پٹن) یہِ علاقہٕ چُھ سُمبل سوناوارِ تہٕ سِنگھ پورس درمیان مشہور کنہِ شہر پریہاس پورِ کِس دامن تل واقع۔ سیّدہ بیگم[1] أسی طبیعتاً خاموش خوبصورت تہٕ شفقتھ ورتاون واجنی خاتون یِم تمام چیز أسی تمی پنٕہ نِمن شرٕ بن رژھہِ رژھہِ بأگرأوی مِتٕ۔ 1960ء پٹھہٕ لگاتار یِیلہِ تہٕ یہٕ زانٛہہ سنتوش سُند گرِ اوٚسس گژھان یہِ نیک سیرت خاتوٗن أس نیماز پران آسان یا پنٕدرس وَر وَر دِوان آسان دِہن گزاری کران۔ گرس منٛز اگر کُنہِ وِزِ تہِ کانٛہہ رُت چیز یا کانٛہہ کارِ خیر آسہا یہِ أس سنتوشُن میون گرِ (میر محلّہ نوہٹہ) سائیکلس پٹھ میے نادس سوزان

---

[1] سیدہ بیگم گیہِ یِیمہِ عالمہ 16اکتوبر 1981عیسوی منٛز۔ تہٕ دفن چھ بابا مزار جڈی بل سرینگرس منٛز۔

بۂ تہِ اوسُس أتھی سائیکل کیریلس پپٹھ أمِس شفیق ماجہِ نِش حأضِر سپدان ۔ جناب سیّد رُسل پونپر صأب چھُ ''مےٚ مشہِ نہٕ زانٛہہٕ'' نأوی پنٕنہِ کتابہِ منٛز غلام رسول سنتوش عنوانس تحت لِکھان۔ ''غلام رسول ڈارسنتوش زاو 19جون 1929ء منٛز ڈب تل سرینگر تہٕ روزان اوس چنکرال محلّہ سرینگرٕ'' حالانکہ سنتوش چھُ پننس ماتا مالس منٛز ڈٕسل پورِ کھنہٕ پپٹھٕ تھنہ پیوان سُہ چھُنہٕ ڈب تل سرینگرٕ تہٕ نہٕ چنکرال محلہٕ زایُن لبان ووٚں گوٚو اگر کانٛہہٕ ماتا مالہٕ یا ہسپتالہٕ زیوِ تِمِس چھِ مأل سندُ ے گرِ زہنہٕ جاے مانٕنہٕ یِوان۔ چنکرال محلہٕ حبہ کٔدل أسی بٹہ تہٕ مُسلمان لرِ لوٚر بسان سنتوش سُند مول(Father) تہٕ بیٚیہٕ تِمی سُند پیٚتر أسی محکمے پولیس تہٕ ریشم خانس منٛز مُلازمتھ کران نتہٕ ما آسہا غلام محمد ڈار ووٚری کار کران یُس تِمن آبأیی پیشہِ اوس۔ چنکرال محلہٕ چھُ گوڈٕ پپٹھے کأشرِ ادبُک تہِ فنکأری ہُند مرکز روٗدمُت تِکیازِ اَتھ محلس منٛز أسی کترِی بانہٕ تہٕ موٚرتھ بناونہٕ یِوان یہٕ، رِوایت چھِ از تہِ جأری أتھی محلس منٛز زاو مشہور شأعر شمس فقیر۔ آرٹسٹ نِسار عزیز، کاشی ناتھ بھان ( آرٹسٹ تہِ سٹیج ڈِزائینر ) مکھن لال صراف ( اداکار تہٕ ڈراما نگار) جواہر لال بھان (محقق ) تہِ بیٚیہ وارِیاہ بیپر مأشی ہٕندِس استادیہِ

علاقہٕ اوس وارِیاہ رنگ دار تہٕ باگہِ بۆرت تِکیازِ اکثر کأشر بٹہٕ باکٕی اَسی لکھنہٕ پرنہٕ علاوہ مختلف سیأسی، سمأجی، تعلیمی تہٕ ثقافتی سرگرمین منز زِیادے پہن مشغوٗل آسان اگر اَسی نظر تراوو چنکرال محلہٕ کِس اَکِس کِلو میٹرٕکس دائیرس منز چھُ نعمہٕ صأب ماسٹر زندہٕ کول،ترلوک کول (مصوٗر) سَتہ لال کھرو، دیناناتھ ولی المست شیوناتھ رینہ، سوٗرج ٹِکو (مصوٗر) مِس کشوری کول (مصوٗر) نِثار عزیز (مصوٗر) دیناناتھ نأدِم (شأعر) بنسی پارِمو (مصوِر) تیج بہادُر بھان (کہانی کار) چمن لال چمن (شأعر) شام لال دربہار (ماہرِ ڈراما) موہن رینہ (مصوِر) حکیم غلام صفدر ہمدانی (تاریخ دان) منشی حکیم حبیب اللہ (شأعر) جگر ناتھ شیو پورِی (موسیقار) غلام رسول مشتاق (شأعر) تہِ زاہتی۔ ضرور،ی چھُ زِاَتھ ماحولس منز پیٚیہ قدرتی تور لوکٹین کیو بڈٕین رُت اَثر۔ غلام رسول شنتوش زاو 19 جون 1929ء تہٕ پرتھوو پھانپھلوٗو اَتھی علاقس منز۔ 1935ء منز کۆر غلام محمد ڈار صأبن شِنہ وُہرُ سنتوش گورنمنٹ پرائمری (primary) سکوٗل باباپورہ چنکرال محلس منز دأخل (اَتھ اَسی جبری سکوٗل ونانٕ) سکوٗل بلڈنگ تہٕ سنتوش شِدِس گرس درمیان اَسی صرف زٕ مکانہٕ سنتوش سُند مول اوس نوکری ہندِس سِلسلس منز سَریہٕ

پتہٕ سریہِ گامہٕ پتہٕ گامہٕ یِوان تہٕ گژھان 1938ء تا 1940ء دِژ سنتوشنٕ مائلی پلوامہِ تھانس منز ڈِیوٹی یمن وٕری ین اوس سنتوش پلوامہِ کِس مِڈل سکوٗلس منز زیرِ تعلیم۔ اَتھ سکوٗلس منز اَسی ماسٹر حیدر تہٕ باقی سکوٗلن منز ماسٹر بھاسکر جُو۔ شیو ناتھ رینہ، دیناناتھ ولّی المست[1] یم ترٛشوے اَسی بڑٕی یار بلابسنت باغ روزن وٲلی تہٕ اکھ اَکِس پتہٕ اَس

---

(پتمہِ صفحٕک) [1] 1928ء منز کٔری ڈوگرٕ مہاراجہ ہری سنگھن کٔشیرِ منز جبری تعلیم دِنٕک حکم جٲری یُس تہٕ بچہ شیٚہ وہر آسہے تِمس اَسی حکومت زور جبر کٔرِتھ یمن سکوٗلن منز مُفت تعلیم دِوان یم سکوٗل آیہِ گامہٕ شہر کھولنہٕ۔ اَمہِ ستی گیہِ کاشرِ ین مُسلمانن منز تعلیم عام مہاراجہ ہری سنگھ زاو جوٗمہِ 23 ستمبر 1885ء تہٕ سورگواس سپُد 1961ء بمبئی منز۔ دورِ حکومت 1925ء تا 1947ء۔

[1] ابتداء اپنے جس استاد سے غلام رسول نے تحریک پائی۔ وہ شوناتھ رینہ تھے تاہم صیح راستے پر اُسے، اس کے ڈرائنگ ماسٹر دیناناتھ رینہ نے لگایا سنتوش آج بھی دینا ناتھ رینہ کے لئے سراپا ہیں۔ ان کا کہنا ہے وہ بے حد اچھے ڈرائنگ ماسٹر تھے۔ وہ حقیقت پسندانہ انداز میں قدرتی مناظر کی آبی رنگوں سے بڑی اچھی نقش گری کرتے تھے۔ان پر برطانوی انداز مصوری کا گہرا اثر تھا( رسالہ آجکل۔ نئی دہلی فروری 1972ء ''غلام رسول سنتوش کے ساتھ''۔ راج نراین راز سابقہ مدیر رسالہ آجکل دہلی۔)

یہِ چھ ماسٹر دینا ناتھ ولی المست باسان چھٕ، راج نراین راز کتہِ اوٗن ولی ہٕندِ بدلہٕ رینہ (ح۔گ)

پُلوامہِ سکوٗلس منٛز بحثیت ڈرائینگ ماسٹر کأم کران دینا ناتھ ولّی المست کاشمیری (یُس اردو کأشر شأعرتہٕ مصور پیدائش 1905ء ازکل چھُ یہِ کرنالہِ ہریانس منٛز روزان) مےٚ چھہِ سنتوشن 1922ء دوران دِلہِ منٛز وۄنمت زِ تٔمی اَسی پننہِ کاپی ہُند گُٹو جِلدٕ ژٔٹتھ ژِنہِ پھلہِ ستی اکھ تصّویر بناومٕژ تہٕ یوٗہے اوس أمی سنٛزِ زندگی ہُند سُہ دوہ ییٚمہِ ساتہٕ یہِ رَنگو پانس کُن آوروو۔ سنتوش صأب اوس سبٹھاہ بوٚڈ مصور أسھ تہِ پننہِ نمن اُستادن بڈہ عزت کران۔ اکثر وُچھی مےٚ سنتوش دینا ناتھ ولی المستس نِش سبٹھاہ تہذیب سان بہان تہٕ کتھ کران۔

مشہوٗر مغل شہنشاہ جہانگیرن ییٚلہ شوپیان کیوٗ بالہٕ تھینگو پیٹھہِ ریش وارِ کُن نظر تراو تٔمی وۄن یمہِ وادِی ہُند پرتھ کانٛہہ مُنش آسہِ شأعر ادیب یا تہٕ مصّور تِکیازِ ییٚتہِ کیٚمن بُرزٕ پشین پیٹھ أسی خودرو پوٗش (گلالہٕ بیترِ) کھسان تہٕ باقی زمینہِ پیٹھ أسی بقولِ شہنشاہ ژور (400) ہتھ پوٗشہِ ذأژ مُختلف رنگ بستن ہُند پُرمتن شال تہٕ پیپر مأشی ہُند رنگ ہزار باسان۔ سنتوش اوس جعفریہِ فرقس ستی وابستہ۔

پتھ کالہِ أسی ییٚتہِ شیعہ سُنی فساد یژھلہ ووتھان۔ اوے تہِ أسی اَمہِ فرقکی اکثر لۄکھ تم کامہِ کار کران یمن نہٕ زِیادہ تعلق پھیرنس

تھورنس ہِتی آسان اوس۔ یعنی پیپر مأشی، کمانگری، شیشہ گرِی، ساز گرِی تہٕ رنگری[1] وغارہ۔

غلام رسول سنتوشن اکثر ہمسایہ أسی پیپر مأشی ہنٛز کأم کران از تہِ چھِ أمی ہندی بابتھ أتھی فنس ہِتی وابستہٕ لازمٕا چھُ کہ سنتوش صأبس اوس لوکچارٕ پیٹھے رِکھن تہٕ رنگن ہُند تیٛوت اثر کہ تریمہِ ژٔرمہِ جمأژ یعنی أٹھہِ وہرِ پانٕہ 1937ء ژٔوٹ تٔمی پُلوامس منٛز پننہِ کاپی ہُند جلدٕ تہٕ ہیوٚتُن اندرِم سنتوش نبر نیرُن أمی سُند بابٕہ صأب اوس ملازمتِکس سِلسلس منٛز پلوامہِ۔ کنگن سونٕہ مرگ ماگام ٹنگہٕ مرگ تہٕ سرینگرس منٛز شالی سِٹورس تہٕ شہرکمن کٔدلن پیٹھ بحیثیت پُلسہ وول ڈیوٹی دِوان سونٕہ مرگہِ تہٕ ٹنگہٕ مرگہِ ہندی آرہ تہٕ کولہٕ، آبشار، مرگہٕ کوہ تبتالین پیٹھ روپہٕ ژادرٕ پہاڑن ہُند نیٛول تہٕ سرمہٕ رنگ۔ یاربن ہُند خوش ہوا جانورن ہُند رنگ تہٕ ژلہٕ لار یہ سورُے ماحول اوس سنتوشس لوکچارٕ پیٹھے دیدٕ مان ۔سونتوش صاب چھُ لیکھان:

---

[1] سرینگرس منٛز چھ از تہٕ وارِیاہن محلن ہندی ناو مثلاً کمانگر پوٚرہ شیشہ گرٕی محلہ، سازگری پورہ، جلدگری محلہ وغارٕہ۔

"پُلوامیُک مڈل سکوٗل اوس اکھ وأحد سکول یێتہِ دوٗیمہِ جمأژ منز تہِ ڈرائنگ ہێچھناوان أسی۔ ڈرائنگ کاپی أسی ہلکہِ نیلہِ رنگہِ اکھ أنٹ مُربع خانہٕ بنأوِتھ آسان۔ ڈرائنگ ماسٹر تہٕ، اوس بلیک بورڈس (Black Board) پێٹھ تِتھی خانہٕ بنأوِتھ تتھ منز جگ، گلاسہِ بیترِ بناوان تہٕ لڑکہِ أسی اتھ نقل کران اَتہِ اوس ڈرائنگ ماسٹر سورگہِ وأسی بھاسکر جوٗ۔ یُس بڈ یارُک بسکین اوس سورگہِ واس شِو ناتھ رینہ[1] تہٕ حالے حیات دینا ناتھ ولی[2] تہٕ أسی أتی بسان مے چھُ یاد زِ پُلوامہِ سکوٗلہِ ڈرائنگ کلاسس منز أس اکھ لوکٹ سبزی ڈرائنگ ماسٹرن بنأوِمژ۔ مے أس یہِ بڈ خوش کران تہٕ رِسس اوُسس اکثر اتھ

---

[1] شِو ناتھ رینہ (1901ء 1961ء) اوس بڈیارِ بالا بسنت باغ روزان امر سنگھ ٹیکنیکل انسٹیچوٹس گوجہ باغ (موجوٗدٕ امرسنگھ کالج) منز مصوِری ہنز تربیت حاصل کرِتھ لوٗگ یہ مختلف سرکأری سکولن منز بحثیت ڈرائنگ ماسٹر اَمہِ علاوٕہ اوس وقتہٕ وقتہٕ پنہٕ نبن تصویرن ہنز رونمائی گورنمنٹ نمأئش گاہس منز کران۔ (موہن لال رینہ آرٹِسٹ 1926ء تا 17 جون 1983 چھُ شِو ناتھ رینہ صأبن فرزند سنتوش صأبنہِ وننہٕ مُطابق چھُ تُمی شوٗ ناتھ رینہ ہس تہٕ ماسٹر میر محی الدینس (1905ء تا اکتوبر 1988ء) یہِ اوس ایم۔پی۔ ہائی سکول دِلاور خان کلاشیوره سرنگرس منز ڈرائنگ ماسٹر تہٕ پتہٕ اوس ڈپٹی ڈرایکٹر گورنمنٹ ٹرانسپورٹ میرہ محلہ ملارٹہ نوہٹہ روزان )نِش شبیہ (Portrait) بناوان ہێچھ مُت۔

[2] یمو سارِوٕے استادو أسی مصوِری ہنز ٹرایننگ گورنمنٹ امرسنگھ ٹیکنیکل کالجس منز کرمژ۔

وُچھنہِ یوان مے اوس پرائیویٹ ماسٹریَس ناو اوس عبدالاحد یہِ اوس پیرٕ کوٚٹ تہٕ مشیدِ نکھٕ اوسکھ مکانہٕ یہٕ اوس مصوِرٕ'' 15 جون 1945ء منز ییلہِ سنتوشس مول یمہِ عالمہٕ گوٚو تمہِ اوس پٔنن نچو دہمہِ (10) پاس کٔرتھ شالی سِٹورس منز دوہہ پأٹھی مُلازِم لاگنومُت افسرن بُتھس فایِل چلاونہٕ پتہٕ کنبزٕس کالس ووٗرِ کار تہٕ پیپرماشی کرنہٕ پتہٕ ہیوٚتُن گاڈبن رنگ کرُن تِکیازِ سنتوش ہیکہِ ہے نہٕ اَکس منٹس تہِ فیرِتھ تھوٚرِتھ تہٕ بےٚ کار روٗزِتھ[1] آمد ورفت او صرف سری نگر راولپنڈی سڑکہِ پٹھ یہ وتھ اَس زمینی تورٕ کٔشیرِ باقی دُنیاہس سٟتی رلاوان۔

---

[1] سنتوشنٕ موج تہٕ زٕ بأی محی الدین (نووٗہر) محمد صادق (ژورووٗہر) یم سأرِی اَسی سنتوشنہٕ کمایہِ پٹھ گذارہ کرُن۔ اکتوبر 1947ء منز یمہِ وِزِ پاکستانن کٔشرِ پٹھ حملہٕ کوٚر گاڈبن ہُندیُن گڈھُن گوٚو بند تہٕ رنگ سازٕ گیہِ بےٚ کار سنتوشن ہیوٚت بیِیہ تقریباً اَکس ؤری یس وٗڈورِ کار کران۔ اَتھ کامہِ پٹھ اُسی اَمِس اکھ گزٕ کپُر ووینہٕ ئس تمہِ وقتہٕ ژور آنہٕ از یک پنژہ پونسہ میلان پتہٕ گوٚو بیِیہِ رنگ سازی کرنہٕ۔

47-1946ء منز گرٕ سنتوشن گاڑھن پیٹھ رنگ سازی علاوٕہ مہاراجہ ہری سنگھ نِس پیلیس (Palace) منز تہٕ کأم اَتھ کارس ءستی اُسی سنتوشس ءستی محمد اکبر ڈار (وفات24اپریل1998ء) عبدالغنی (وفات26جون1901ء) سورگیہِ کاشی ناتھ تہٕ غلام جیلانی اِبن محی الدین مسکن سریہِ بلی(وفات2003ء) یِہنٛدِس اَتھ دُکانس اوس ناو کمرشل فائن آرٹ گاو کئدل(Commercial Fine Art) یہ دُکان اوس موجوٗدٕ تاج ہوٹل کِس زمینس پیٹھ اَتھ جایہ اوس گاڈبن تہٕ ٹانگن ہُنٛد اڈہ اکثر گاڈِہ مأٔلک تہٕ ٹانگہٕ وأٔلی اُسی سنتوش صأبس اَتھہِ پوش بناوناوان تہٕ اردو شعر گاڈبن پیٹھ لکھناوان۔ ییپر مأشی ہُنٛد اثر تہٕ اردو خط جان آسنکہِ وجہ اُسی لوکھ اُمس عزت کران۔ 1947ء منز ییٚلہِ عوامی راج بارسس آو نیشنل کانفرنس جمأژ ہُنٛد اکھ دوٗر اوس ترقی پسند تحریکہِ ءستی وابستہٕ تیچ بُنیاد ڈاکٹر محمد دین تاثیرن کٔشیرِ منز ترأوِمٕژ اُس (یُس ادیب تہٕ شاعر اوس یہ روٗد 1937ء پیٹھہٕ تا1948ء تام کٔشیرِ منز گوڈ ایس پی کالیج تہٕ پتہٕ امر سنگھ کالجُک پرنسپل یہ اوس مشہور شاعر فیض احمد فیض سُنٛد سأجِیوٗتہٕ رحمت حق سپُد 1950ء لاہورس منز ) ہندوستان کمیونسٹ پارٹیہ اُسی پور بی۔ پی۔ ایل۔ بیدی،فریدہ بیدی شیلا باٹھیا،

شوِدان سنگھ چوہان، بلراج ساہنی وغیرہ اکہِ خاص مقصدِ خاطرِ سوزی مِتۍ۔ أتھۍ دوران بنوو یِیتہِ کلچرل فرنٹ یمیُک گوڈنیُک صدر پیر عبدالاحد (سابقہِ وزیرِ صحت پیرِ غیاثُ الدین سنُد بوے) اَمہِ گروپچ سرپرستی أسۍ کران خواجہ غلام محمد صادق۔ ڈی۔ پی دَر وغیرہ۔شوِدان سنگھ چوہان سکریٹری، غلام رسول رینزو آرگنائزنگ سیکریٹری، پریم ناتھ پردیسی[1] سوم ناتھ کھوسا (آرٹِسٹ) وغیرہ اَتھ فرنٹس منٛز أسۍ سوم ناتھ زُتشی، عزیز ہارُون، نۆرمحمد روشن، پریم ناتھ پردیشی ،سوم ناتھ کھوسا پی۔این۔ کاچرو آرٹِسٹ تہٕ بییہِ اکھ سردار جی (یُس معروف تہٕ مشہوٗر آرٹِسٹ اوس) اَمہِ فرنٹُک دفتر اوس لالچوک أکِس ہوٹلس[1] منٛز تہٕ کمرشل فائن آرٹ دفتر اوس اَتہِ پێٹھہٕ فقط ہتھ(100) فٹ دوٗر۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس سنتوش اَتھ فرنٹس پێٹھ گرچھنس منٛدٕ چھان مگر أندرِم نارٕ تمبرِ دیوتُسنہٕ پتھ روزنہٕ۔ 48-1947ء منٛز گوٚو گوڈنیُچ آرٹ ایکزبشن نیڈوز ہوٹلِ کِس ہالس منٛز اَتھ منٛز یمو آرٹِسٹو شمولیت کٔرتمن منٛز أسۍ سوم ناتھ بٹ، پی۔ این کاچرو، غلام رسول سنتوش، ترٛلوک کول،

[1] گاۓ جا کشمیر'' مرتب پیر عبدالاحد شاہ سنہ اشاعت اپریل 1948ء ناشر قومی کلچرل محاز۔ سرینگر کشمیر۔

شیخ غلام رسول، ڈاکٹر اومکار ناتھ ٹھُسو (رتن رانی ہسپتالک مالِک) تہٕ بیترِ۔ یہِ اوس سنتوش سنٛزِ زندگی ہُنٛد اہم دوہ یێلہِ سہٕ ریاستٕ کێن مصوِرن ہتۍ ووتھن۔ بہٕن ہیوٚتُن۔ 1946ء منٛز اوس بیٚاکھ اکھ کشمیر ترقی پسند گروپ بنیومُت "ہندوستانی مصوِری" منٛز چھ پردوش گپتا لکھان "کہ بمبئی سے پہلے 1946ء میں کشمیر ترلوک کول کی قیادت میں "کشمیر ترقی پسند گروپ" بن چکا تھا۔ اس کے علاوہ چوتھی دہائی کے آخری سالوں میں دو اور ترقی پسند گروپ دہلی اور مدراس میں قائم کئے گئے۔ پسند گروپ" بن چُکا تھا۔ اس کے علاوہ چوتھی دہائی کے آخری اور اس کے بعد مُختلف سوسائٹیوں اور انجمنوں کا دور شروع ہوا۔ اور غالبًا ہر صوبہ میں اس قسم کے ادارے وجود میں آگئے۔ لیکن یہ تمام اِدارے یا گروپس کلکتہ گروپ سے مختلف کوئی خاص بات پیدا کرنے سے قاصر رہے۔ اور نہ ہی کوئی مختلف فنّی نظریہ فِکر پیش کر سکے۔ فقط مختلف مغربی جدید اسالیب فن پر منحصر انفرادی طور سے تخلیقی کوشش جاری رہیں۔ لیکن خاص اسلوب جو ہندوستانی مصوِروں کے لئے رہنما ثابت ہُوا۔

ے یُس از کارونیشن ہوٹلہ کہ ناوٕ مشہوٗر چھُ۔ تمہِ وِز اوس سۍ ناوٕ کشمیر گیسٹ ہاوس۔

وہ تھا دلبستاں ''اظہاریت'' یہ اس وقت کے ہندوستانی ماحول کے لئے نہایت موزوں اسلوٗب تھا'' مگر اَتھ برعکس چھُ پی۔ اس ماگو ہندوستانُک مشہور مصوِر تہٕ نقاد پنٕنہِ کِتابہِ[1] بھارتس منٛز عصری مصوری منٛز ترقی پسند آرٹسٹس ایسوشیشن سرینگر کشمیرس متعلق یمن لفظن منٛز لکھان '' مُلکہٕ کِنہِ باقی صوبن ہنٛد پٲٹھی اَسی کاشُر ادیب تہٕ دانشور فنِ مُصوری خاطرِ اکھ اِدارٕ قٲیم یژھان کرُن تہٕ نیشنل کلچرل فرنٹ کہِ ناوِ بنوو تمو اکھ انجمن نومبر 1947ء منٛز جمہوری طرزس پیٹھ ییمک تصوٗر پی۔ اس کاژرمی (یُس اکھ جوان مصوِر اوس) دیُت اَمہِ انجمنکی بُنیٲدی ممبر اَسی تمہِ وقتکی معروف تہٕ مشہوٗر شاعر ادیب، اداکار تہٕ گیوٚن وٲلی۔ یہ، انجمن بنے یہِ اکھ اہم اِدارٕ یم کٔشیرِ منٛز جمہوریت تہٕ آزآدِی ہنٛدِ خاطرِ لوٗکن منٛز پروپگنڈا کران اَسی یہ اوس تمہِ مصوِری ہنٛز ٹوگجہِ ہُنٛد اکھ پسِ منظر یتھ عام پٲٹھی ''ترٛوچ'' (Trio) ناو پیوو۔ 1948ء منٛز آیہِ ژ (2) جوان تعلیم یافتہٕ مصوّر ایس۔

---

1. Contemporary Art in Indian (perspective) by P.N. Mango, page No: 76, National Book Trust of India, year 2000.

ابن بٹ [1] تہٕ ترلوک کول [2] پرتھوی ناتھ کاچرو [3] صأبس تہٕ نیشنل
کلچرل فرنٹس نکھٕ یم دوشوے مصور أسی سمأجی کارکن تہٕ یکہ ترٛے
مصّور کاچرو۔ بٹ۔ تہٕ کول سپدی بڑونٛہہ پہن (تروچ) ناوٕ مشہور تہٕ
رۄدی اکھ أکس دوہے سمکھان حالانکہِ نہ اوس یمن کانٛہہ مشترکہٕ سمن
بلأے تہٕ نہ أسکھ کانٛہہ مخصوٗص جاے۔ یم أسی یِکوٹے سڑکہِ پکان پکان
بحث کران تہٕ خاکہٕ (sketch) بناوان۔ یہنٛزن یمن یژھن مجلِسن پیوو
ناوٕ پکونہِ مجلسہٕ (walking meetings) 1948ء جون رتبس منٛز سمکھ یم
پرسی براون صأبس (Percy Brown) یم أسی سرکأری آرٹ تہٕ کرافٹ
سکوٗل کلکتہٕ ہِکی سأبقہ پرنسپل۔ یمن دوہن أسی یم سرینگرٕ روزان یمن
ترٛین آرٹسٹن پیٹھ اوس سبٹھاہ سرٛون اثر۔ ایس۔ ایچ۔ رضا سُند [4] یم
بمبی ترقی پسند مصّوری ہندس گرۄپس سٟتی وابستہٕ أسی یم آیہِ اگست
1948ء منٛز سألس تہٕ بنے امہِ جمأژ ہندی اکھ قریبی سأتھی۔

---

[1] سوم ناتھ بٹ زاو بڈ یارٕ بسنت باغ سرینگر جنوری 1925ء منٛز تہٕ سورگہٕ واس گوو 1974ء
یِکس ونٛدٕ گئہٕ کارس منٛز۔ پتہٕ 1958ء سکوٗل آف ڈِزاینن منٛز ملازِم 1970ء منٛز گوو رٹائیر۔

[2] ترلوک کول زاو شالہ کدل کنہِ کدلہٕ 1925ء منٛز ازکل چھ 1990ء وپیٹھ گرا جومہِ تہٕ گرا دِلہِ روزان۔

[3] پرتھوی ناتھ کاچرو زاو محلہ جوگی لنگر رعناواری سرینگر 1925ء منٛز ازکل چھُ 1990ء پیٹھ
دِلہِ روزان۔ (ح۔گ)

غلام رسول سنتوش نے سید حیدر رضا کے مُتعلق لِکھا ہے'' مصور سید حیدر رضا جو ان دنوں پیرس میں مقیم ہیں۔ مجھے ہی نہیں کشمیر کے پیشرو مصوروں کو ایک نئی راہ دِکھانے اور ایک نئی منزل سے روشناس کرنے کا باعث بھی ہیں ۔رضا کشمیر کی مُصوِری لئے آئے تھے ان کے اثر وادی کے مصوروں کی تخلیقی سرگرمیاں تیز ہوگئی تھیں۔اتھ واقعس متعلق چھ ترلوک کول مصور لیکھان ''1948ء میں رضا آبی رنگوں کو استعمال کرنے والے ایک مستند مصور تھے جو ان دنوں سرینگر کی گلیوں میں بڑے بڑے ڈرامائی لینڈ سکیپ (مناظر کشی) بنارہے تھے۔ 1947ء میں کشمیر میں سیاسی آزادی کے ساتھ ثقافتی احیائے نو کی تحریک چلی تھی۔ بیرونی حملہ آوروں کے خلاف جس وقت کشمیر میں مقابلہ کی تحریک منظّم ہوئی تو کشمیر سے باہر رہنے والے کئی ادیب صحافی اور مصّور کشمیری فن کاروں اور ادیبوں کی رہنمائی کرنے کے لئے یہاں چلے آگئے میں اور میرا فن۔ ترلوک کول۔ شیرازہ اردو نامہ 1964ء کلچرل اکاڈمی سرینگر)۔

---

4۔ مُلازِم سید حیدر رضا چھ 1922ء منز زامُت یُس بمبئی ہندِس ترقی پسند آرٹسٹ گروپس سِتۍ وابستہ اوس۔

یتھ مضموٗنس منز چھِ مےٚ کلچرل فرنٹس متعلق مختصر ذِکر کرٕنۍ مگر یہِ کینٛژھا پردوش گُپتاہن تہٕ پی۔این۔ماگو صابن پننہٕ نٮ۪ن کتابن منز لیۆکھمُت چھُ تتھ منز چھےٚ کُنہ کُنہِ جایہِ غلط بیاَنی کرنہٕ آمٕژ۔امکیٛ چھُ یہِ ضروری بہٕ کرٕ ذِکر ییمہِ کتھِ ہُنٛد زِ 1947ء منز کم کم وۄتل بُجہِ پاٛدٕ گیہِ۔کشیرِ ہنٛدس ثقافتی کاروانس منز یاازکل چھِ تمہِ وقتکۍ کینٛہہ زنٛدٕ مصوّر تہٕ ادیب(موقعہ پرستی ،کنہٕ اجتماعی کارکردگی پننہٕ نس اِنفرادی کھاتس منز تراوان +1947ء کس پُرآشوب دورس منز ییٚلہ کشیرِ پیٹھ حملہٕ سپُد آو تہٕ امرجنسی حکوٗمت آسۍ پلیڈیم سنیما کس دفترس منز سرکار چلاوان۔تمہِ وقتہٕ پیٚیہِ جواٛبی پرٛوپگنڈا کرنٕچ ضروٗرت 1947ء پیٹھ 1953ء تاںی بنےٚ یہِ کشیرِ منز وارِیاہ ادبی تہٕ ثقافتی انجمن یمن منز انجمن ترقی پسند مصنّفین قومی کلچرل فرنٹ(National Cultural Front بزمِ ادب تہٕ کلچرل کانگریس یم سارے تنظیمہٕ آسہٕ سیاٰسی لیڈرن ہنٛدین اِشارن پیٹھ گامہٕ پتہٕ گامہٕ شہرس منز کوچہِ پتہٕ کوچہِ ڈراما گنٛدِان۔گیوٗنۍ محفلہٕ سجاوان تہٕ کینٛہہ مصوِّر آسۍ سیاٰسی پوسٹر بناٰوتھ پانس کُن عوامی ظون پھیرنٕچ کوٗشش کرانؠ۔قومی کلچرل فرنٹک اگر خواجہِ غلام محمد صادق سرپرست پیرٕ عبدالاحد صدر تہٕ شیودان سنگھ

چُوہان سیکٹری اوس تیٚلہِ کتہِ تہٕ رٕکتھہٕ پأٹھی مانو زِ پی۔ این کاچرووِن تہٕ بیٚیہِ تِمی سندیو باقے باجو بنووبقولِ خود کلچرل فرنٹ، یتھے پأٹھی چھ کینٛہہ أنی مأنی پأٹھی نشاط انصرِی صأبس تہٕ دینانا تھ نأدِم صابس کمہِ تام

---

لے اتھ سِلسِلس منز یوسہٕ گوڈنچ تصویر (S.N.Khosa) ایس ۔این کھوسا ہن بنأو، تتھ پٹھ اوس شیخ محمد عبداللہ ہنز تصویر گُرِس پٹھ تہٕ بیٚیہِ تِس ہتی اکھ بٹہٕ مُسلمان تہٕ سکھ بناوِتھ تہٕ شیخ صأبنس کلس پٹھ اوس لیکھِت شیرِ کشمیر کا کیا اِرشاد ہندو مُسلِم سکھ اِتحاد 1947ء برونٹھ اوس ایس ۔ این ۔کھوسا صأب لاہورس منز تصویر بناونہٕ علاوہ فوٹو گرافی ہنز کأم تہٕ کران حملہٕ وزِ یِیلہِ کأشر پنجاب تہٕ لاہور پٹھہٕ ژلان ژلان آے اَتھ قأفلس منز اوس کھوسا صأب تہٕ اَتھ سِلسِلس چھ پریم ناتھ پردیسی پانچ دِن رکتابہٕ (22اکتوبرت 1947ء تا 27اکتوبر ایک رپوتاج قومی کلچرل محاز کشمیر سنہٕ اِشاعت 5 مئی 1948ء منز لیکھان) '' اُدھر پلیڈیم کی دیوار پر کسی نے شیخ صاحب کی بہت بڑی تصویر لٹکائی تھی۔تصویر میں شیخ صاحب شیواجی مرہٹہ کی طرح گھوڑے پر سوار تھے۔ اُن کے داہنے ہاتھ میں تلوار تھی اور اُن کے پیچھے دو اور سوار تھے ایک ہندو اور دوسرا سکھ تینوں ہشاش بشاش تھے اُن کے چہرے پر فاتحوں کا ساجلال تھا۔ اُنکی آنکھوں میں خود اعتمادی کا نور تھا۔تصویر کے ایک کونے میں سوم ناتھ کھوسا آرٹس کا نام لکھا ہوا تھا۔ اور دیکھنے والے حیرت سے ایک دوسرے کی طرف دیکھ کر پوچھ رہے تھے کون ہے یہ آرٹسٹ ہم تو نہیں جانتے اُسے شاید اُنھیں اُس وقت معلوم نہ تھا کہ یہی آرٹسٹ کشمیر کے کلچرل اِرتقاء کا ایک مضبوط ستون بننے والا ہے کیا ہوا وہ17برس سے اپنے وطن سے دور رہا مگر جب مادرِ وطن پرآفت آپڑی تو کون اُسے زنجیرو میں باندھ سکا۔ (پتہٕ مہٕ صفحک )

کلچرل فرنٹ تنظیمہِ ہُند سرپرست بناوان[1] 3 تہٕ 4 جولائی 1949ء منٛز کوٚر قومی کلچرل کانگریس[2] کس صدارتی تقریرس منٛز جناب غلام محمد صادق صأبن اعلان۔ "اتھ ڈوڈس ؤریس رۄد قومی کلچرل محاذک پروگرام زیادہ تروقتی تہٕ ہنگامی تِکیازِ سون ملک اوس پانہٕ اکہِ ہنگامی تہٕ جنگی دورِ منٛز گذران منٛزیم لِکھن وألی مصورفن کار[3] تہٕ سازندر أسی تِم سپدی پنہٕ نبن پنہٕ نبن انجمنن منٛز مُنظم یمو ساروی سُمِتھ کوٚر قومی کلچرل محاذ بند تہٕ دیُتُکھ قومی کلچرل کانگرسُک گٔن بیٚیہِ منوٗکھ 3-4 جولائی 1949ء اکھ بوٚڑ بارہ اِجلاس یتھ منٛز اَمہِ اِدارُک أیئن تہٕ مُدعا آو مُقررکرنہٕ سون تریٚیم اِدارٕ انجمنِ ترقی پسند مصوّرین چھ جلدی اکھ آرٹ گیلری[3] قائم کرن وول یتھ منٛز اَمہِ اِدارُک فنکار اردہن (18) ؤری ہن ہنٛز قومی جدوجہدس مُتلق لۄکن دوہہ دِش کٔمن

[1] شیرازِ کأشُر زبان تہٕ ادب نمبر 1947ء تا 1997ء جلد 32 شمارہ 1/2 کلچرل اکیڈمی۔

[2] کونگ پوش جلد 1 شمارہ 1 ستمبر 1949ء انجمن ترقی پسند مُصنفین ماہوارِی ترجمان صفہٕ نمبر 6۔

[3] انگریزی رِسالہٕ مارگ 1955ء ایڈیٹر ملک راج آنند چھ لیکھان 1953ء پتے سنتوش یُس مصوِر اکھ اوس تہٕ بنو اکھ شاعر تہٕ تمی پٔری أکِس کلچرل کنویشنس منٛز نظم أتھی ستی بنے تہٕ نومبر 1953ء منٛز آل سٹیٹ کلچرل کانفرنس ییمک اکھ یونٹ کشمیر آرٹسٹ گروپ اوس تہٕ سنتوش بنیو 1954ء منٛز امیُک سیکریٹری۔



تصویر امن پر 1957ء للت کلا اکیڈیمی انعام بدست صدر جمہوریہ ہند ڈاکٹر راجندر پرشاد



پدم شری ایوارڈ 1977ء
نائب صدر جمہوریہ ہند،
بی ڈی جتی،
تہٕ غلام رسول سنتوش

مَسلن متعلق اِنکاری دِن نہٕ تہٕ تتھ آزأدی تہٕ ترقی متعلق یوسہٕ نوِہ کٔشیرِ لۆکن حاصِل سپدِ کرن پٔنٕز خیالات پیش۔ یتھی زن تصویرن ہٕندِ ذریعہٕ تہٕ یِن لۆکھ بیدار کرنہٕ۔''

اَمہ علاوہ لیۆکھ سیکٹری کلچرل کانگریس دینا ناتھ نادمن اپریل 1950ء منز ''سأنی کلچرل تحریک'' عنوانس تحت زِ ''انجمن ترقی پسند مصورین'' یہِ چھ سأنی ترٕیم شاخ اتھ دورانس منز کوٚر أمی انجمن پٔنُن سالانہ جلسہٕ تتھ موقعس پیٹھ آیہِ تصویرن ہٕنز نمائش کرنہٕ۔ اَمہِ علاوہ گری أمی انجمن وندس منز دِلہِ تہٕ بمبئ منز پننہٕ نمن تصوٗیرن ہنز نمائش۔ یِم تصوٗیر کأفی پسند آے کرنہٕ۔ بمبئ ہنزِ نمائشہِ منز تہِ سپدی شأمِل انجمنکی زٕ (2) مصوِر سوم ناتھ بٹ تہٕ ترلوک کول یِہنٛد تصوٗیر گری ہندوستانکو بڈٕو بڈٕو مصوِرو پسند، تہٕ یِم تہِ آے شُمار کرنہٕ ہندوستانکین بڈٕین مصورن منز یِم سأری تصوٗیرٕ آسہٕ کٔشیرِ ہنزِ زندگی ہتی تعلق تھاوان۔ ماہِ مئی منز سپدہ یمہِ انجمنکہِ طرفہٕ تصوٗیرن ہنز اکھ بڈٕ نمائش سرینگرس منز یتھ منز دُنیا ہکین بڈٕین بڈٕین مصوٗرن ہنٛدی تصوٗیرٕ ہِین ہاونہٕ۔ یِم تصوٗیر گرِہ فراہم یونسکو UNESCO ''[1]

---

[1] رِسالہٕ کونگ پوش جلد 1 نمبر 6 ماہ ژیٹھتر 2006 بکری اپریل 1950 ایڈیٹر سوم ناتھ زتشی۔

ماگو صابُن یہ وُنن چھُنہٕ صحی کہ قومی کلچرل فرنٹ تنظمیہِ ہُند تصویر دیُت کاچرو صابنِ حقیقت چھِ یہ کہ تمہِ وِزِ کمیونسٹ پارٹی ہندبو ہم خیالو بناو یہ، جماعت پننیٚو سیاسی اغراضو خاطرہ پچھ ذِکر مےٚ مضموٗنس منز برونٹھے کرمٕژ چھِ۔ یہ چھُ صحی کہِ ایس۔ ایچ۔ رضا آو کشیرِ 1949ء منز رضا اوس یمن دوہن مختلف مصوّرن ہندبن گرن منز روزان تہٕ نصف رأژ تام أسی یاتہٕ تصویرٕ بناوان نتہٕ بحث کران یمن مصوّرن منز أسی سوم ناتھ بٹ، ترلوک کول، نثار عزیز غلام رسول سنتوش بیترِ۔ مگر سانٛی کینٛہہ آرٹسٹ أسی تمہِ برونٹھے جدید تقاضو نِشہ باخبر تِکیازِ امر سنگھ ٹیکنیکل انسٹیچوٹ یُس 1913ء منز مہاراجہ پرتاپ سنگھن (1885ء تا 1925ء) قایم کوٚر اَمہِ وقتُک وزیرِ تعلیم اوس ڈاکٹر اے مترا تہٕ کالجُک گوڈنیُک پرنسپل اوس مسٹر انڈریوز۔

1947ء برونٹھ أسی کشیرِ منز ڈوگرٕ حکمران آسنہٕ باوجود کمپنی راجُک سبٹھاہ عمل دخل کشیرٕ أس سیاسی لحاظہٕ سینٹرل ایشیاء ممالکن یمن منز روٗس، چین، تہٕ وغارٕہ أسی۔ دوٚیمہِ طرفہٕ اوس پوٚرہٕ برِ صغیرس پیٹھ (ہندوستان، پاکستان، بنگلہ دیش تہٕ وغارٕہ) پیٹھ انگریزن ہند غلبہ انگریز أسی ایشاہس منز روسی تہٕ چینی اقتدارس سخ کھوژان یم

اُسی لہٰذا مختلف وسیلو اتھ ہتی پنن رشتہ ہموار تھاوُن یژھان انگریز اُسی مختلف علم دوس اِنسانن سیاہن وغاُرن کشیرِ اندر جاسوٗسی ہنٛدِ غرضہٕ کنۍ وسطی ایشیا سوزان حالت واُژ یوتامت زِ مہاراجہ پرتاب سنگھ کوٚرکھ 1889ء منٛز اکہ حسابہٕ بےٚ دخل انگریزو گری ییٚتہٕ 1885ء منٛز ریزِڈنسی (British Residency) قایم ییٚمُک دفتر از کالج ایمپوریم بِلڈنگ چھےٚ اَمہِ بروٚنٛھ تہٕ اُسی کیٚنٛہہ انگریز کشیرِ ہُنٛد علاقائی نقشہ بناونس پتھ 1855ء پیٹھہٕ 1963ء تام پرتھ جایہٕ پھیران یمن منٛز کیٚنٛہہ ڈرائینگ ماسٹر تہٕ اُسی۔ یہِ دور اوس کشیرِ ہنٛدِ خاطرِ جان تہٕ خراب تہٕ کشیرِ منٛز پھہلیو کالراہ 1888ء -1882ء 1900ء تا 1902ء-1906ء تہٕ 1907ء ییٚمہِ ستی ساسہٕ بدۍ کاُری گر تباہ تہٕ برباد سپدۍ 1887ء منٛز کوٚر لارنس صاُبن کشیرِ ہُنٛد بندو بست جدید طریقو ستی یہ اوس کاُشرین ہنٛدِ خاطرِ اکھ رُت قدم مہاراجن ییٚلہِ یہِ وُچھی زِ یتک صنعت وحرفت ہریٚن خراب گژھن تہٕ تمۍ کھول ییٚتہٕ اکھ پالی ٹیکنک کالج ییتھ منٛز کیٚنٛہہ انگریز استاد تہٕ مصوِر شاُمل اُسی اَتھ دورس منٛز یا اَمہِ بروٚنٛہہ چُھ واریاہو ساُلانیو برطانوی طرز عملس پتھ مُختلف تصویرٕ بناوِنہٕ تِکیازِ تِہنٛزن تصویرن منٛز اوس زیادہ ترکوہ تہٕ بال اوٗبر، شین، پوشہِ ذاُژ، رسم

و رِواج، اِنسأنی شبیہہ، فنِ تعمیر یم سارے تصویرٕ آسہٕ یم آبی رنگن منز بناوان امیک مقصد اوس تمن پننہٕ سفرنامن منز چھپانہٕ ییہٕ برطانوی حأکمن بطورِ نظرانہٕ پیش کرُن أڈی سیٚا أسی تصویرٕ بناوِتھ راجن تہٕ مہاراجن کِنتھ پنُن سفر خرچہِ بیترٕ پوٗرہٕ کران اُتھ دوران أسی کٔشیرِ منز تہِ کیٚنہہ مُصوِر ستہ لال کھرو، دیناناتھ ولی المست، ٹی۔این در، دوست محمد پنُن اوزقہٕ کماونہٕ باپتھ شِکارین منز تصویرٕ سجأوِتھ سیاحن شوقینن تہٕ شأہی اَفسرن کِنان کُنہِ کُنہِ وِزِ أسی ہوس بوٹن منز تصویرن ہنز نمأئش تہِ کران یہ صورتحال اوس 1947ء پیٹھہٕ لگاتار دہن (10) پندہن (15) ؤرِ ین جأری آزأدی پتہٕ بدلیوو یہ سورُے صوٗرتحال۔

یمو مصوِروں بناوِ (On the spot) منظر کٔشی ہنز تصویرٕ لازمأ پیوو تمہِ وقتکین مقامی مصورن پیٹھ رضا صأبن ، ہرکرِشن لال سُند تیوٗت اثر کہِ تمو ہیوٚت یِہندین نقشہٕ قدمن پیٹھ پکُن۔ یمہٕ وقتہٕ أسی گہرائی سان سوم ناتھ بٹ، ترلوک کول، پی۔این کاچرو تہٕ غلام رسول سنتوش تصویرن پیٹھ نظر چھ تراوان باسان چھ کہ یم سأرے تصویرٕ چھ أکی مصورن بناوِ مژ۔ تکیاز موضوعی تہٕ فنی اعتبارٕ أسی نہٕ یمن منز کانہہ تہٕ فرق باسان۔ صرف آسہٕ یم تصویرٕ یِہندیو دستخطو یا ناوٕ ستی

پرزناوںۂ یِوان۔ مثالہِ رٔنگی یُس سرورق 1950ء کِس کونگ پوش رِسالس پیٹھ چھ سنتوش صأبن بنوومُت (Mother and child)[1] سو چھ اَمہِ دورِچ نٔز مِثال۔ گۆو کہِ سنتوش صأب اوس انجمنِ ترقی پسند مصوِرین ناوہ تنظیم منز 1950ء برٛونٹھے شأمِل سپدمُت یہِ جماعت یتھ منز ترلوک کول، پی۔این۔ کاچرو، شیخ غلام رسول، اُمیش کول، ایس۔این بٹ، نثار عزیز، بنسی پارِموتۂ غلام رسول سنتوش شأمِل چھ یِم اُسی گوڈہ نمائش گاہس منزتۂ پتۂ کلچرل کانگریس کِس دفترس پیٹھ (یہِ دفتر اوس گوڈہ رایل ہوٹل ریگل چوک سرینگرس منز تۂ پتۂ بنڈس

---

[1] اکھ تصویر چھے کونگ پوش کس کوورس پیٹھ اتھ تصویرس پیٹھ چھ اکھ موج مؤدکہ ہتس نچوِس ہیتھ ودان یہِ تصویر بنوومے وُڈکٹ (wood cut) یعنی ہچہ کِنتھ (یہ تہٕ میون تخلقی سفر غلام رسول سنتوش سون ادب 95-1994ء سنتوشس متعلق چھ ملک راج آنند لکھان مرگ (marg) 1955ء کِس شمارس منز۔

25-years old Gulam Rasool Santosh, recipient of a Govt. of India Cultural Scholarship for studying under an expert for two years. Sees immense possiblities in the mirky houses and lanes of Srinagar and defends some of the local artists against the allegation of " eternally painting houses and boats and nothing else."

مہجوٗر صابنہِ پیٹھہ راہی صأبس تام مصوِر اٰسۍ۔ اَمہِ بٹ سندِ پیٹھہٕ سنتوشس نام کمیونسٹ پارٹی ہُند منشورٕ (Manifesto) دِلس تہٕ دِماغس چھاپ ترأوِتھ تِکیازِ یِہنزن تصویرن ہُند اکثر موضوع اوس بوچھہِ سامراجس خلاف جنگ روٗسس تعریف تہٕ امریکاہس خلاف نارٕ بأزیِ سرمایہ دأری ختم کرٕنی جاگیر دارن زمین نیوٗن وغیرہ اتھ سِلسِلس منٛز أسی یِم نمایش گاہس منٛز تصویر بناوان ڈراما تیار کران اِنقلأبی شأعری، افسانہِ لکھان تہٕ پتہٕ مشہوٗر گوٚن وأرِس عبدالغنی نمتہٕ ہالی یِس اَتھہِ انقلأبی طرز تیار کٔرِتھ گامن قصبن تہٕ شہرس منٛز لوٗکن برٛونٛٹھہ کنہِ پیش کران تاکہِ کٔشیرِ منٛز تہٕ ییہِ سرخ اِنقلاب (کمیونسٹ حکومت) یوہے وجہ اوس کہِ امیرا کدٕلکس بازرس تہٕ کاوٕجہ محلہٕ کس أڈِس حصس کوٚر یِمو ناو لالچوک (Red Square) یعنی ماسکوٕکس مشہوٗر Red Square ناوس پیٹھ 1948ء پیٹھہٕ 1953ء تام کوٚر یِمو مصوِرو پننہٕ نبن تصویرن ہنٛز نمائش مجاہد منٛزل پتھر مسجد نیڈوز ہوٹل تہٕ نمائش گاہ کٔمن ہالن منٛز۔ أمی انجمن کٔری گوڈنچہ نمائش مئی 1949ء سرینگرس منٛز یِمُک رسمِ ابتداء مشہوٗر مصوِر (Art Critic) نقاد تہٕ تأریخ دان پرسی پراون (Percy Brown) صابن کوٚر اَمہِ نمائشہ ہنٛز اکثر تصویرٕ آسہٕ

پھٹے متھن ہچہ مکانن۔ ژھنئ ہتی پلو لاگتھ لۄکن خستہٕ حال بازرن تہٕ کوچہٕ دریاون کوہن تہٕ ڈلچ منظر کشی وغأرہ۔ یِم سارے تصویرٕ آسہ یا تہٕ بڑہن جلدٕ پٹھن پپٹھ، پلے وُڈشیٹن (Ply wood sheets)۔ ڈرائنگ پیپرس پپٹھ واٹر کلر، سیّاہ میل، موم تہٕ رنگ ہتی بناونہٕ یوان۔

1995ء منز ییلہٕ اَخری پھرِ سنتوش کٔشیرِ آو تہٕ بہ اوسُس پرتھ دوہہ اَمس نِش یوان گژھان اَکہ دوہہ ییلہٕ میأنی نظر اَکِس المارِ پپٹھ پیہٕ تتھ منز آسہٕ 1950ء تا 1960ء تامتھ کینٛہہ پرانہٕ سنتوش سنز بناوٕمژ تصویرٕ خراب حالتس منز مۆجۄد یِم تصویرٕ گژھہ مے المارِ منز تہٕ یہنز نمائش کٔر پتہٕ دِلہِ منز تہٕ کینٛہہ چھِ وُنہِ سنتوش صأبنس فرزند شبیر سنتوش صأبس نِش مۆجۄد یِم تصویرٕ تہٕ آسہٕ گتہٕ پٹھن یا زٹھن ڈرائنگ شیٹن پپٹھ بناونہٕ آمژ موضوعی لحاظہٕ تہٕ آسہ تی یِچھ مے پپٹھہٕ کنہٕ ذِکر کٔرمژ چھے۔ اَمہِ دورچہٕ سارے تصویرٕ چھے تقلید کران فرانس کِس مشہوٗر مصوِر پکاسوٗسنز ( ترٛیمی وہمہٕ (20) صدی منز Cubeism سہ سمتی تصویرٕ بناوِ۔ سہ سمتی کیوٗب (4×4×4 شش پہلو یتھ چیزچ شئے سطح یُس مربع یا ژوگوشہِ شکل زٕ مربع سطح مِلاوِتھ 90 درجن ہُند زاوِیہ بناوِ کینٛہہ لۄکھ چھِ اَتھ کیوبی مصوِری ونان۔ کٔشیرِ منز گرٕ

اَتھ تحریکہ اکثر مصّورو تقلید تِکیازِ انجمن ترقی پسند مصوِرٕین (Progressive Artists Association) اُس مارکسی نظرِیہس سبٹھاہ اہمیت دِوان اَمہِ انجمنکبن ہفتہٕ وأری اِجلاسن منز اُس مصّورسنزِ مصوِری پیٹھ پکاسوٗ ہنٛد یا ہُنٛدوستانکس مشہوٗر مصّور اہس۔ ایچ رضا سُندِ فلسفہٕ نظرِتل تھأوِتھ تنقید کران۔ اگر کانٛہہ مصّور مارکسی فلسفُک یا غُربتٕچ ذکر رنٛگو ستیٚ کاغدس پیٹھ ہاوِہے نہٕ تہندی کٔنز اوس نہٕ سُہ مُصّور کینٛہہ اَمہ تحریکہِ ستیٚ اگرچہ کأشرِس ثقافتس پوچھر لوٗگ مگر دَدارِ تہٕ واتہ نووٕہس تِکیازِ مجبوٗر ہیو شاعٔر' شیوناتھ رینہ، میر محی الدٕین، شیٚخ غلام رسول تہٕ دینا ناتھ ولی المست کوٗرکھ پنٛنہِ پنٛنہِ فطری صلاحیژنش دوٗر ییم حضرات اُسی کٔشیرِ ہُنٛد فطرت پنٛنہِ مویہِ قلمہٕ ستیٚن بییہِ تخلیقی قوت رلأوِتھ لافأنی منظرکشی کران۔ اَتھ وقتس منز اگرنہٕ سنتوش گاڈٕین (Bus) پیٹھ گل کاری تہٕ منظر کشی کرِہے نہٕ سُہ آسِہے باقی مصوِرن ہنٛدی پأٹھی عمرِ عمرٕنس مارکسی فلسفس لأرِتھ گوٚمُت۔ 1953ء منز ییٚلہِ باقی مصوِرن ستیٚ ییمن منز (سوم ناتھ بٹ، ترلوک کول، پی۔ این کاچرو، اُمیش کول، بنسی پارمو، اوماکھوسا، شیٚخ غلام رسول، نِثار عزیز پران کشور اوما کھوسا، بییہ بنگال موٹرس مالکہٕ سنٛز کوٗر۔) غلام رسول سنتوش صابن تہٕ شمولیت




غلام رسول سنتوش، حسرت گڈھ، زینب بیگم، کالج آف ایجوکیشن۔
1974ء منز آرٹ ایگزیشن مشہور افسانہ نگار، ٹھاکر پونچھی سندس یادس منز



1981ء احمد اللہ شاہ، حسرت گڈھ، ڈاکٹر کرن سنگھ، سنتوش، دہلی آرٹ ایگزیشن



بخشی غلام محمد سابقہ وزیر اعظم جموں کشمیر، سنتوش، ماسٹر زندہ کول،
علی جواد زیدی، رسا بھدرواہی، 1960ء سینٹرل کمیٹی کلچرل اکیڈمی



غلام رسول سنتوش، کشوری کول، سر سرکار، ایم آر سرکار، ایم الیف حسین 1967ء

کر تہٕ اَمہِ نمایشہِ ہُنٛد رسمِ ابتداء کوٚر ہنٛدوستانکی مشہوٗر ادیب تہٕ مصوّر شناس ملک راج آنند تہٕ بیٚیہِ مشہوٗر فلم ڈائریکٹر تہٕ کہانی کار ضِیا سرحدی صأبن یہِ نمائش اُس أکِس ہفتس نیڈوزِ ہوٹلس منٛز چلان۔ اَمہِ پتہٕ یژھے اکھ نمائش لُج ٹورسٹ سینٹرس منٛز تیچ رسمِ رونمائی بخشی غلام محمد صأبن[ۓ] کرٕ ستی ہزٕن کینٛہہ تصّویرٕ ریاٗستی سرکارٕ خأطرٕ تہٕ مُلی سنتوش صأبس آوو ننہِ سُہ بناو ٹورسٹ سینٹر چہِ لُبہِ پٮ۪ٹھ ہمیال نأگراے دلیلہ ہُنٛد اکھ میوٗرل (Mural) یہِ میوٗرل اوس 1970ء تأنۍ موٗجود تمہِ پتہٕ کوٚر کُمی تانی ناخانٕد حأکمن اَتھ پٮ۪ٹھ رنگ تہٕ یہِ حسین فن پارٕ گوٚو ہمیشہ خأطرٕ ختم اگرچہ اچھ تصّویرے نِش موجوٗد چھ۔ یہِ فن پار تہِ اوس (cubeism) تہٕ کأشرٕ شبیہہ کأری ستی مالامال۔

[ۓ] بخشی غلام محمد زاو 14 جنوری 1907ء تہٕ رحمتِ حق سپُد 15 جولائی 1972ء یہ اوس کشیر ہُند نائب وزیرٕ اعظم 1947ء پٮ۪ٹھہ 1953ء تام پتہ بٮ۪یہ و 1953ء پٮ۪ٹھہ 1963ء تام وزیر اعظم۔

سنتوشس اُس سرکاری کیو پرائیوٹ نوکری کرٕنۍ

کھران اگرچہ تٔمی زندگی منز وارِیاہ مُشکلات وُچھی مگر تٔمی کوٚر نہٕ زانٛہہ

اَتھ کُن ظون أمس آیہ کٔشیرِ تہٕ ہندوستانس منز بڑی بڑی عہدٕ تہٕ

پیش تھاوِکھ مگر سُہ اوس ونان یم گیہِ سونچکھ دروازہ بند کرٕنۍ تہٕ کیرِنہٕ

منڈکھ بٔنِ اَتھ سِلسِلس منز ییٚلہِ تٔمی میٹرک کٔرتھے شٔپن 6 رتٕن ہنٛز

نوکری جواب کوٚر پتہٕ ییٚلہِ سنتوش بروڈا پیٹھٕ ٹرینگ کٔرِتھ کٔشیرِ آو تمہِ

وقتکی وزیرِ اعظم بخشی غلام محمدن سۆز سنتوشس پٔتِن زامتُر میر نصراللہ یہٕ

ونہٕ نہٕ زِ سُہ کرِ ڈرائیکٹر سکوٗل آف ڈِزائین عہدٕ قبوٗل مگر سنتوشن

کوٚرنس اِنکار تہٕ پٔتِن دوس ترلوک کول یُس مآلی مُشکلاتن منز ہینہٕ اوس

آمُت کوٚرُن اَمہِ عہدٕ خاطرٕ تجویز بخشی صأب نہٕ مانان مگر سنتوش

صأبن اِصرار تہٕ زارٕ پارٕ ستی لوٚگ ترلوک کول اَتھ عہدس پٹھ ملأزِم

أمِس ستی یِم باقی مُصوِر اَتھ محکمس منز ملأزِ لٔگی تِمن منز اُسی سوم ناتھ

بٹ، پی۔ این کاچرو، مِسٹر سپرو، اسداللہ تُرابی، اے۔ کے رینہ، سوراج

تکو وغیرہ۔

1953 پتے گیہِ کلچرل کانگریس ختم تہٕ کلچرل کانفرنس آیہِ

وجوٗدس منز امیک صدر بنیو خواجہ غلام محمد صادق تہٕ جنرل سیکٹری دینا

ناتھ نادم اتھ کانفرنس تہٕ اُسۍ ترٛے (3) شعبہ یعنی اکھ ادیبن تہٕ شاعرن ہُنْد۔ دوٛیم گیوٚن والین تہٕ ڈراما کرن والین ہُنْد تہٕ ترٛیٚیم شعبہ اوس مصوِرن ہُنْد اگرچہ اَمہِ وقتہٕ کانفرنس کیو اہلکاروتمن ادیبن شاعرن تہٕ مصوِرن تہٕ دعوت دِژٕیم نہٕ کلچرل کانگریس ہِکس منشورس ستۍ ذہنی واٹھ تھاوان اُسۍ تہٕ یتھٕ پاُٹھۍ گیہِ تمہ تہٕ اتھ منٛز شاٮ۪مل۔ سنتوش صأب اوس یمن ترشوٕنی شعبن منٛز اکھ اہم کردار ادا کران۔ سنتوش صأبن اوس أتھۍ وقتس منٛز کاٮ۪شُر شأعری شروع کرٕمٕژ سنتوش صأبنۍ گوڈنچ نظم سوٚنتس کُن چھ کونگ پوش 1953ء منٛز شایع سپٕز مٕژ۔

سونتھ آمُت جوش رہتہٕ کول ہٮ۪تھ

توشہ ونہِ مٕژ پوشہ تھرہ رٕژ ڈال ہٮ۪تھ

لولہ بٔر بٔر لولہ مسکی پیال ہٮ۪تھ

تازہ ہستی سہ میٚہ سوٗ داماہ چاوہ ہے

نارہ دوٗمُت سینہ میون شہلاوہ ہے

أمۍ سنٛز گوڈنچ غزل چھِ کونگ پوش جلد نمبر 3 صفحٕہ نمبر 31 پٮ۪ٹھ گوڈنیک شعر

ننہ دانہ موٗت مستانہ بَن دیوانہ ونے کیاہ
کر عام عامن لولہ کی افسانہ ونے کیاہ

آخری شعر

وَچھِہ تل یہ رۄچھمُت جوش رَچھی رَچھی وارٕ تھوسنتوش
یہ اوس پوشن بوش کھسہِ کمہِ شانٕہ ونے کیاہ

کلچرل کانفرنس اَس ہمیشہِ تضادن تہٕ مختلف خیالن ہنٛز شکار اَمہِ کانفرنسہِ ہنٛدی ہفتہٕ وآری کاروآئی ہنٛز اکھ رجسٹری چھےِ مےٚ نِش یتھ منٛز مُختلف تخلیقن تہٕ کانفرنسہِ ہنٛدی خدو خال معلوٗم چھ، سپدان اتھ سِلسِلس منٛز کرٕ بہٕ اکہِ یِژھےِ مجلسہِ ہنٛز کاروآئی بوٗنہٕ کنہِ نقل۔

''8اکتوبر 1954ء آل سٹیٹ کلچرل کانفرنس کے انجمنِ مُصّنفین کا یہ ہفتہ وارِی اجلاس عزیز ھارون کی صدارت میں منعقد ہوا۔ حاضرین کی تعداد28 تک تھی سابقہ ہفتہ کے مینٹس پڑھے گیئے۔ مینٹس پرتبصرہ کرتے ہوئے عزیز ھارون نے کہا کہ امین کامل نے یہ بھی کہا تھا کہ کلچرل کانفرنس کے صدر جناب غلام محمد صادق نے کلچرل کانفرنس کے ایک اجلاس میں کہا تھا کہ اگرکشی شخص کو حسابات دیکھنے کا شوق ہوتو وہ کسی بھی وقت دفتر پرآکر ایسا کرسکتا ہے۔ کاچرو نے

کہا کہ مینٹس سنُنے کے بعد معلوم ہوا کہ سابقہ اجلاس میں رائٹرس یونٹ نے کلچرل کانفرنس سے متعلق بہت کُچھ کہا ہے۔ لیکن فصلیے کلچرل کانفرنس سے متعلق نہیں بلکہ کلچرل کانفرنس کی انجمن مصنّفین سے متعلق لئے گئے ہیں۔ اور رائٹرس یونٹ نے اپنی گھتیو کو سُلجھایا اور سُلجھانے کی کوشش کی ہے۔ کاچرو کے اس سوال کا جواب دیتے ہوئے راہیؔ نے کہا کہ جس وقت تک رائٹرس یونٹ مضبوط اور مُنظّم نہ ہو جائے اس وقت تک کلچرل کانفرنس اور اس کے دوسرے یونٹوں سے متعلق گفت شُنید اور بحث بے معنی ہوگی۔ اس کے بعد مینٹس منظور ہوئے اور ایجنڈا کے مُطابق سنتوش سے نظم سُنانے کیلئے کہا گیا۔ سنتوش اپنی نظم ساتھ نہیں لائے تھے اس کے بعد بیکس کی باری تھی مگر وہ غیر حاضر تھے۔ اس لئے پرم جیت سنگھ نے اپنی ایک اردو کہانی جس کا عنواں '' آخر قصور کس کا تھا '' پڑھی کلچرل کانفرنس کہ بیٖیہ اکہ اجلاسُک حوالہٕ دمہٕ بہٕ یوسہٕ 1 اکتوبر 1954ء منز منعقد سپز۔

'' سنتوش۔ بقایا کے کہنے سے ایسا معلوم ہوتا ہے کہ ہماری تنظیم مکمل طور سے بے عمل ہو کر رہ گئی ہے۔ حالانکہ حقیقت یہ ہے کہ ہم نے پچھلے ایک سال کے دوران میں تھوڑا بہت کام بھی کیا

ہے۔ جہاں تک حِسابات کا تعلق ہے میرا بھی یہی خیال ہے کہ گذشتہ کنونیشن (Convention) کا حساب چونکہ پہلے ہی پاس ہو چکے ہیں اس لئے اُن پر دوبارہ غور کرنے کا ضرورت نہیں۔ البتہ بعد کا حسابات کا مطالبہ کیا جا سکتا ہے''

أتھ وقتس یعنی 1954ء منز سؤز بخشی غلام محمد صاًبن گورنمنٹ آف انڈیا ہکس ثقافتی ؤظیفس (Cultural Scholarship) پیٹھ غلام رسول سنتوش ایم۔ایس۔ بروڈا یونیورسٹی ہنِدس شعبۂ مصوری منز مصوِری ہنز تربیت حاًصل کرنہِ اَمہِ وقتہٕ اوس اَمہ شعبُک سربراہ .پروفیسر این۔ ایس بِندرے[1] (Prof. N.S.Bendre) یُس پانہٕ تہِ اکھ تھکُن لائق مصوِر اوس تہٕ ہندوستانی مصوِری منز (cubeism) کیوب اِزمُک زبردس حاًمی تربیت دوران اوس سنتوش بوزوے تہِ ماًلی مشکالاتن ہُند شکار۔ روپیہ ڈوڈس ہتس (150) پیٹھ اوس یہِ نصف پانس تہٕ ترلوک کولس پیٹھ خرچ کران (ترلوک کول اوس یمنے دوہن وظیفہِ ورأے سنتوشُن ہم جماًتی۔)

---

[1] این ایس بندرے زاو 1910ء منز آگرہ تہٕ 1992ء منز گوٚو سورگواس برڈاہس منز۔ 1947ء بروٚنہہ پہن اوس بندرے صاًب جموں کشمیر حکومتس منز ملازمت کران۔

اہن۔ اہس بندرے لیس منز یم تہٕ اوصاف اٚسۍ چاہے سو سادگی نرم مزاجی، نیستی تہٕ اتھچ صفائی یم ساری چیز اٚسۍ تمہ پنہٕ نِس شاگرد سنتوشس کردار تہٕ مُصوّر بناونس منز رژھہٕ رژھہٕ دِتی ہتۍ 69-1968 یُس گوڈنیگ آل انڈیا آرٹس کیمپ کلچرل اکیڈمی ہنٛدِ طرفہٕ مرزا کمال الدین شیدا سندِس مکانہٕ واقع ہاروٗنس منز سپُدتھ منز آو بندرے صاب بحیثیت مہمان شمولیت کرنہٕ اکہِ دوہہ پرژھ مےٚ بندرے صاٲبس سنتوش صاٲبس متعلق۔ درجواب ووٗتھ سہٕ یہِ بہٕ چھُس تہٕ چھُ سنتوش تہِ مےٚ پروژھ مس تہٕ کیا گوٚو؟ تورٕ وننہ اَسونہِ ہنٛجہِ "بہٕ چھُس یمہِ بُتراٗژ ہُنٛد بہٕ چھُس زمین پیٹھ پکان بہٕ چھُس نہٕ کُنہِ تہٕ چیزس متعلق سونچان صرف زمینہٕ متعلق یتھ بُتراٗژ پیٹھ یہ کینٛہہ چھُ سہٕ چھُ میون کُتب خانہٕ اسلئے چھُس نہٕ بہٕ خیاٲلی یا خاٲبی تصویرٕ بناوان بہٕ چھُس رنگن ہتۍ گندان باقی کانٛہہ چیز چھُنہٕ مےٚ نِش ضروری۔"

پزۍ پاٹھۍ اٚس بندرے صاٲبن سنتوش صاٲبس یِمے چیزٕ تہٕ وصف عطا کرۍ ہتۍ بلکہ اوس نہٕ سہٕ پتمین ژتجہن (40) ؤرین منز زانٛہہ تہِ بندرے صاب نِشن یمن کتھن نِش دوٗر بندرے صاٲبس اگرچہِ مذہبس ہتۍ تیژ وابستگی اٚسنہٕ مگر سنتوش اوس جعفریہ فِرقُک

زبردست پیروکار تہٕ اکثر اوس کشمیری گیٹس دِلہِ محرمس منز پنٕہ ننن
شُربن پانٕہ ذولجناح شریف تٔلی کڈان تہٕ کٔشیر۔ یتھ برٔس پیمانس پٹھ
ساسہ بۆد روپیہ خرچ کٔرِتھ گرِمرثی شب کرناوان تہٕ دوستن تہٕ رشتٕہ
دارن دعوت دِوان کتھ اَس بروڈٲہچ کہ سنتوشن کِتھٕ پٲٹھی گذٲری
ترٛےٚ ؤری اکثر ریلوے سٹیشن پٹھ خاکہٕ یا شبیہہ بنٲوِتھ پننہٕ نِس علمس
تہٕ روزگارس ہُربر کران پننن تصوِیرن منز سہ سمِتی (cubeism) طرز
ورتٲوِتھ رٛؤد سُہ پنٕہ نِس اوستادس لرِ لۆر پکان چاہے تمہ مکانن ہند
اڈگر مڈگرپش (Figurative) (تمہ شکلہٕ یم علامت یا تشبیہہ ستی پیش
ییٚن کرنہٕ یعنی اِنسانی خدوخال شکل صورت رنگو تہٕ لکیرِ و ستی بناونٕہ ییٚن)
یا تانترِکی فلسفک اِظہار آسہِ بروڈا یتھ اوس سنتوش مختلف منظر کشی ہنٛدِ
ذریعہ یا کانہہ چیز تجدیدی اسلوٗبس منز پیش کٔرِتھ پننہِ جمالیٲتی حسٕک
اِظہار کران چاہے تمہ موج تہٕ شُر (Mother and Child) مکانٕہ
(Huts) یا حُسنٕچ منظرکشی آسِہا۔ 1965ء منز ییٚلہ سنتوشن مصوِری کرٕنی
ترٲوِتھ اَسی میٲنٛی کِنی ز(2) وجوہات اکھ کمار گیلری کِس مالک ام
کمارس ستی ناراضگی نتہٕ پتٕی مس اِزمس جواب کٔرِتھ نۆو کینٛہہ چیز
مصوِری ہنٛدس دُنیاہس دیُن۔ اکہِ دوہہ سپدی علی محمد لون نۆرشاہ تہٕ



ساہتیہ کلا پریشد ایوارڈ، نئی دہلی 1978ء



1957ء سنتوش، شمبوناتھ سوپوری، غلام محمد راہ

بۂ (حسرت گڈھا) سنتوش سُند یہِ حال وُچھتھ پریشان تۂ اَسہِ کوٗر فصلہٕ زِ اُسی کرووِن سنتوش مصوِری کرنس پٔتھ بیٚیہ آمادٕ۔ امیر اکدلہٕ پٔتھہٕ گرِ وسان وسان وۆن مےٚ سنتوشس یہ سورے قصہ تۂ خشمہٕ سان دیوٗتُن جواب زِ اکھ چھنہٕ مےٚ مصوِری کرنہٕ خاطرِ کانٛہہ جاے (Studio) تۂ بیٚیہ چُھ مےٚ پننہِ مصوِری ہُنٛد روح رکانہٕ تبدیل کرُن۔ کیٛنٛہہ دوہہ گژھتھ کوٚر اَسہِ فاصلہٕ لون صابنس سرکٲری مکانہٕ کس گراجس بناوو اُسی Studio (یمن دوہن اوس علی محمد لون بحثیت ڈپٹی سیکرٹری کلچرل اکیڈمی کواٹر نمبر 13 تُلسی باغ روزان) تۂ مےٚ وۆنکھ ٹانگہٕ ریڈس پٔتھ چنکرال محلہٕ پٔتھہٕ کنواس، ایزل رنگ تۂ باقی چیز ہٮ۪تھ تُلشی باغ واتُن۔ دۆیمہِ دوہہ ییلہِ بۂ ٹانگہٕ ریڈہ ہٮ۪تھ زانٛہٕ کدلہٕ پٔتھہٕ چنکرال محلہٕ سنتوشن گرِ وۆتس اَتہِ گری مےٚ سنتوشن سخت لڑاے مگر بۂ تہٕ کتہِ پژہس مےٚ تُلی یم سارۍ چیز تۂ تھکھ کوٚڈم تُلسی باغہٕ۔ دۆیہ ترٛیٚیہِ دوہہ ییلہِ سنتوش صابن مصوِری شروع کرٲے سۆ مصوِری ہُنٛد خدوخال اوس پتہٕ مہِ کامہِ نِش بدوٗن۔ سنتوش اوس اَمہِ قسمُک اِنسان کہِ گراج استعمال کرنہٕ بدلہٕ دِژٕ تمی لون صابس اکھ قیمتی تصوِیر بطورِ معاوضہٕ۔ اَمہِ پتہٕ ییلہِ اُسی دۆنوے دِلہِ گیہ (یمن دوہن اوس سنتوش

صائب 3 سی جنگ پورہ بوگل (Bogal) علاقس منز روزان تہٕ عیال اوُسس سرینگرٕ ترٕ گٹہٕ کارہ ستیٚ ہینہٕ آمُت معاشی حالت اُس پیٚٹھ خراب کہ اُسی دوشوے اُسی وتہٕ پیٚٹھ ژوچہ بناون والین نِشہٕ اُکس روپیہ ژوچہ تہٕ دال مفت انان تہٕ تقریباً رؤدی اُسی اُکِس ربتس تِتھے پاٹھی گُذارٕ کران کینٛہہ دوہہ گژھتھے آو چانکی آرٹ گیلری ہُنٛد مالِک سردار مہندِی رِتا تہٕ تٔمی سٟتۍ زنانہٕ تہٕ نیکھ سنتوش صائبنہٕ تصویرٕ۔ یوہے وقت اوس ییٚلہٕ سنتوش غربت پیٚٹھہٕ عائش کِس دُنیاہس منز گرایہٕ مارنہٕ لوٚگ مگر پننہٕ سادگی تہٕ رُت سوچ تروُن تہٕ مرٕنکس دمس تانی تہٕ سادہ کپُرک پوژھ نکھس پیٚٹھ کپر ژادر شرعی پیزار لون صائبس تہٕ مےٚ ستیٚ لالچوک پٔرٕ پیٚٹھ رِستہٕ تہٕ گوشتابہٕ کھینٛنہٕ پننہٕ بجرُک احساس نہٕ دیُن یوہے اوس سنتوش۔

شُبَن کرشن رینہ چُھ لکھان" سنتوش چُھ بِسیار جہتول شخصیت یُس بیک وقت مصوِر شاعر ڈرامانِگار تہٕ مُصنّف چُھ مصوِری ہندِس دُنیاہس پیٚٹھ رؤدسہ 30 ؤری بن گاشہٕ تارُکھ ہیوٚ پرزلان تٔمی کٔر پننہٕ فنکارانہٕ بصیرت ستیٚ تاثرِک مصوِری منز اکھ نوٚو ذوزبتہٕ پاٚدہ ملکی تہٕ غیر مُلکی سطحس پیٚٹھ آے تٔمی سٟتۍ مصوِری جان تعریف کرنہٕ تہٕ رژہ نظرٕ

ؤچھنہٕ۔''[1]

سنتوش اوس کشمیرٕ شیو اِزمُک اکھ سُہ زانکار تہٕ خود آگاہ شخص یَس امہ کس نظریاتی تہٕ علمی ورتاوس پیٹھ پوٗرہ عبوٗر اوس چاہے سو تٔمی سنٛز شاعری (بحرِ طویل تہٕ واکھ) یا مصوِری آسہے یوہے وجہ چُھ کہ تٔمی کوٗر پننہٕ زندگی ہندین پتی مین 27 ستوہن ؤری ہن منٛز ہندوستانی مصوّری منٛز ''نوِ تانترِک'' (Neo.Tantyric) تصویرٕ وستی اکھ بوٚڈ بارہ اِضافہٕ اگرچہٕ اَتھ موضوٗعس پیٹھن سنتوشس علاوہ پی۔ ٹی ریڈی ایڈی۔ کے ۔ ایس پانیکر۔ برِنڈے اوم پرکاش۔ کے۔ وِی ۔ ہری داسن۔ پرپھول موہانتی۔ جوتی بٹ وغیرہ تہِ اَمہِ قسمچہ تصوٚیرٕ بناوِ مگر تم رُوٗد نہٕ سنتوشنی پاٹھی اَتھ فلسفس پیٹھ ثابت قدم۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چُھ ۔پی۔ این ماگو لیکھان[2]

---

1. "Kashmir" March 1990 vol. ii issue 4 quarerly journal published from canada.

2. Prannath Mago Contempary art in India. A perespective published 2000/2001 by National Book Trust of India New Delhi P 115.

"The paintings of Santosh are highly arresting Geometric forms, the hexegon symbolizing" divine essence" and the "void", the mystery of the abysmal darkness or "sunya" besides their symbolic significance, the paintings are higly decorative patterns of tesellelated form the developed from a central hexegona core. They are based on three fold triangular symmetry containing a proportional relationship between the triangle "mool trikone" hexgon composed of passive and active triangles which have their own expressive personality and a scope for muttiplication.

سنتوش صأبن چھُ پننہٕ نِس أکِس کٹہ لاگس Catalogue منز لکھان ''میانین تصویرن منز یوسہٕ موضوٗعی تبدیلی رونما سپز۔ سو چھینہٕ ہنگہٕ منگہٕ آمژ۔ ئلی کہِ گرمے ساسہٕ ئدی خاکہٕ کشی کرِتھ مختلف تجربات حاصِل تکیاز یمن تجرُبن منز اُس قودرتکی خارجی پہلو تہٕ انسانی جسم یکجا کرنچ کوشش 1965 ہس منز عالمی سطحس پیٹھ یم تہِ فنی قدرٕ بدلے یہِ تمو کری مصور نوبن نوبن مسائلن پیٹھ تجربہٕ کرنس پیٹھ مجبوٗر''۔

''سنتوشن وُنن چھ زِ پرتھ کانٛہہ اِنسان چھُ مسرتُک تمناہ کران مگر سو چھنہ تس مأدی ذریعو حأصل سپدان بلکہ چھُ تس سنز ابدی مسرت روحانیتس منز ژھپتھ آسان۔ روٗحانی مسرتس تہٕ شہوتس چھ اکھ گہرٕ تعلق یمہِ خوشی حاصِل کرنہٕ باپتھ چھُ اِنسانس دون چیزن ہُند

خیال تھاون یاتہٕ دنیاہ ترأوِتھ کوہ ہمالیہ کین غأرن منز زندگی گذارِنۍ نہٕ سمأجس منز روٗزِتھ زِندگی تہٕ مایا زالِ نِش تجرُبہ حأصل کرُن اَتھ چھِ تانترِکی اصول ونان۔ یوہے چیز مدِ نظر تھأوِتھ کوٚرمے پتۍ مێن موضوعاتن خیرباد کٔرِتھ تانترِکی فلسفس پٮ۪ٹھ مصوِری شروٗع''۔ گوٚو کہِ اُمۍ سُند وُنُن چھ زِ جنسی لذت چھنہٕ کانٛہہ گناہ بلکہ چُھ یہِ زِندگی ہُند اکھ لأزمی عمل تہٕ خداے سُند دیٛتُ یہِ عمل تہٕ دیٛتُ چھ اِنسانس اول تأ آخرس ستۍ پکان اَمہِ عملہ ستۍ چھ سہ سروٗر حأصل کران یُس لتس لذت تہٕ دُنیأوِی خوشی تہٕ غم دِوان چھ یوہے وجہ چھ زِ سنتوشن کوٚر مغرِبی فنِ مُصوِری (مغربی تجدیدیت) جواب تہٕ کوٚرُن پنہٕ نێن تصوِیرن منز ہندوستانی فلسفہٕ یعنی تانترِکی تہٕ شیو اِزم رنگین نقطو، لکیرو (Drawing) زاویوں تہٕ مختلف سطحو ستۍ سفید کنواس مالامال۔ سنتوش اوس اکثر ووزُل (Red) کروہُن (Black) سفید (White) رنگن ہُند استعمال کران تِکیازِ تانترِکی تہٕ شیو فلسفس منز چُھ برہما سٕنز علامتھ سفید رنگ مہیش کروہُن تہٕ وِشنُو ووزُل مانہٕ یوان ہیٚیہ اوس تٔمۍ سٕنزِ مصوِری منز نقطٕچ (Point) چاہے سہ بوٚڈ یا لوکٹ آسہے تٔمۍ سُند مطلب اوس زِ قطرٕ چُھ ڈٲری یاو تہٕ ڈٲری یاو چھ قطرٕ یعنی سورے برمانڈ

(Prakriti) چھُ اکھ قطرٕ ہ تہٕ ڈری یاو تہٕ شیوِ اِزمس منٛز چھےٚ شکتی وہ زُل سرسوتی سفید تہٕ کاژلی سیّاہ علامت مانٕنہٕ یِوان۔ سنتوشُن وُنُن چھُ کہ میانہِ زندگی ہنٛز سارے عمل چھِہ مصوّری یعنی میون آسُن چھُ ''میون کرمٔا'' (MyKarma) تہٕ ''میون سَبھاوا'' (My Svabhava) اَمہِ مزید چھُ سُہ أ کِس مضموٗنس منٛز لیکھان۔

''شیوتہٕ شکتی آدم تہٕ حوا پرٛکرتی تہٕ پُرُش مَرد تہٕ زنانہٕ، نَر تہٕ ماد نَرماد کہِ باہمی رشتہٕ ستی چھُ نظامِ زندگی ہُنٛد میزان قائیم۔ یہِ باہمی رِشتہٕ چھُ مائے محبت۔ یوہے مائے محبت چھُ نَر تہٕ مادس اکھ أکِس کُن کشِش کران۔ دون کُن کرن، زِ بیٚون روٗپ یِتھہٕ کُنی چھُ اکھ اِنفرادی شعوٗر ہمہ گیر شعوٗر بنان۔ ژٕ تہٕ بہٕ ہُنٛد تفریقہٕ چھُ مِٹان۔ تمام اِنسان ذاژ چھے أکِس ذاتس منٛز سمان۔ اکھ جُز چھُ کلکُ روٗپ لبان۔ سوہم سۄ بہٕ چھُس پٔرِتھ اِنسان ذاژ ہُنٛد اَصلی ذاتھ[1]''

1964ء منٛز اَمر ناتھ یاترا پتہٕ یوسہ کیفیتھ سنتوش صاَب نِہن تصوٚیرن منٛز پٲدہ گیہِ تمِچ اکھ مِثال سو تصوٚیر یوس کلچرل

---

[1] بہٕ تہٕ میون تخلیقی سفر غلام رسول سنتوش سون ادب 95-1994 کلچرل اکیڈمی سرینگر۔

اکاڈمی فروخت کٔرتھ تصویرِ منز چھِ امرناتھکی بالہٕ تھٔنگی سفید شین تہٕ کرہنی ہائے ووتلاونہٕ آمژ امیک معنی گوٚو برہما تہٕ مہیش یا کامی سرسوتی ایم شیو متکی اہم کِردار چھِ یمو اوس سنتوشس پیٹھ سبٹھا اثر ترٛ وومُت۔

سنتوش اوس پزٕ پأٹھی کٔشیرِ ہُند سپوت ( Son of the soil ) تِکیازِ تٔمی لوٚڈ ہمیشہ کأشرِ ثقافت تہذیب تہٕ زبانہِ خأطرِ یوہے وجہ اوس تٔمی کوٚر احتجاجن 1973ء منز کلچرل اکیڈمی اعزازی خلعت رٔٹنس اِنکار تہٕ لیوکھن تحریری خط اکیڈمی ہندِ بن حأکمن کہ کأشرِ زبأنی تہٕ فنونِ لطیفہ چھُنہٕ جموں و کشمیر سرکار ترقی ہندِ خأطرِ کانہہ تہٕ کأم کران اگرچہ باقیو ادیبو شأعرو، موسیقارو، اداکارو تہٕ مصوِرو خلعت تہٕ انعام لوتہِ پأٹھی رٔٹی تہٕ پنٕنی ذات کرکھ سرکار انعاموٕ ستی مالامال سنتوش صأبن بوٚڈ دیئتُ چھُ ییٚلہِ تٔمی 1958ء منز بحثیت ممبر سینٹرل کمیٹی تہٕ کنوینیر ایڈوائزری بورڈ برائے مصوِری وخوشنویسی ہُند کلاس قأیم کرنو تہٕ آل اِنڈیا آرٹ ایکزبشن 1960ء یتھ منز ریأستی تہٕ بیرونی ریاستکی مصوِر ایف۔ایم۔ حُسین، کے۔ایس کلکرنی، جے سُلطان علی، آر۔کے بٹناگر، رام کُمار، بندرے، حصہٕ نیو تہٕ اَتھ ایکزبشنس منز توٚر مُلکی سطحس پیٹھ سنتوش صأبس500 روپین ہُند گوڈنیُک انعام تہٕ ریأستی

سطحس پێٹھ (300) ترٛبن ہتن روپین ہُند انعام(اَمہِ علاوہ دِتھ ریاستی سطحُک انعام بنسی پارمو، پران کشور، ڈاکٹر اومکارناتھ تھُسو اَتھ نمایشہِ منٛز ییمو مقأمی مصوِر و حصہٕ نیو تِمن منٛز چھِ سنتوش، جے۔این سپَرو مِس کیشوری کول، پران کِشور، اوماکھوسا، بنسی پارمو، ڈاکٹر اومکارناتھ موہن رینہٕ، سورج تِکوٗ، دیوی داس، چندولال، ڈی۔این ولی المست یہ نمایش اُس 1 تا7 نومبر تا 1960ء لۄکن ہند وُچھنہٕ خاطرٕ ٹورسٹ رِسپشن سینٹر سرینگر کِنہِ دۄن ہالن منٛز سجاونہٕ آمٕژ۔ امیُک رسمِ افتاح کوٚر تمہِ وَقتکۍ وزیرِ تعلیم میر غلام محمد راجپوٗری۔ اَمہِ نمائشہ ہنٛز انتخابہ تہٕ انعامہٕ دِنہٕ باپتھ یوسہٕ دُنفری کمیٹی( Two mans committee ) مُقرر اُس کرنہٕ آمٕژ تتھ منٛز اُس ایف۔ ایم۔ حُسین تہٕ کے۔ایس کُلکرنی۔)

1962ء پێٹھہٕ 1997ء تامت دُنیاہکین اکثر مُلکن منٛز گُر سنتوشن مصوِری ہنٛز نمایش یمُک اہتمام سرکأری طور کرنہٕ اوس یِوان سنتوش صأبس توٚر گوڈٕ نیُک انعامہٕ 1957ء ''اُمن'' (Peace) تصویرِ لِلت۔ کلااکیڈمی دہلی کہِ طرفہٕ یوسہ سہ سِمتی (Cubeism) فلسفس تحت بناونہٕ اُس آمٕژ دۄیِم انعامہٕ دیوتُھس 1964ء منٛز ''خدا کے قریب

ترٗ" یہ اٚس اکھ تجریدی تصوٕیر تکیازِ یمنے دوٚہن اوس سنتوشن سہ سمتی تحریکہِ جواب کوٚرمُت 1972ء منٛز دیُتہس بےٚ ناوتصوٕیر پیٹھ پانژن ساسن (5000) روپین ہُنٛد انعام یہِ تصوٕیر چھےٚ تانترِکی فلسفچ نمایندگی کران۔ جون 1962ء منٛز کوٚر سنتوش صابن کلچر اکیڈمی ہنٛدِ ذریعہ اکھ آرٹ سِٹیڈیو(Art studio) ٹیگور ہالکس اٚکس کمرس منٛز قایم یتہِ اومیش کول، محترمہ پروفیسر ضیادُرانی، ترلوک کول تہٕ سنتوش صاب لڑکن مصوِری ہیچھناوان اٚسی تہٕ بہٕ (جی۔ آر۔ حسرت گڈھا) دفتر کہِ طرفہِ اِنچارج اٚتھ کلاسس منٛز آسی مختلف سکوٗلن تہٕ کالجن ہنٛدی لڑکہٕ ژورِ بجہِ پتہٕ مصوِری ہیچھنان یوہے بنیوٚ اٚخرس اِنسٹچیوٹ آف میوٗزِک تہٕ فائن آرٹچ بُنیاد جون 1968ء منٛز کوٚر کلچرل اکیڈمی سنتوش صابنس وٕنہٕ نس پیٹھ ہندوستانک گوڈنیُک آرٹس کیمپ شروٗع اَمہِ وِزِ اوس نہٕ برِصغیرس منٛز اَمہِ قسمُک کانٛہہ تہٕ کیمپ منعقد کوٚرمُت اٚتھ کیمپس منٛز یمو تھدِ پایکوٚ مصوِرو تہٕ سنگتراشو(Scaluptor) حصہٕ نیو تِمن منٛز آسی ایس۔ این۔ بندرے، شانتی دوے، کے۔ایس گلکرنی برٛنڈے، ٹی۔ ایس۔ باٚترا، کے۔کے۔ حیبر مہنٛدربٹ تہٕ غلام رسول سنتوش اَمہِ کٔنٛچھ مشہوٗری گٔیہِ پیٛژ کہِ ہندوستانکی بٔڈی بٔڈی مصوِر آسی اکیڈمی لکھان کہِ اٚسی تہٕ

کرو شرکت یہ کیمپ چُھ تتہٕ پتھٕ اَز تان جأری 1981ء منز آیہٕ دہلی منز اکھ نمأیش کرنہٕ یتھ منز 1968ء تا 1980ء تانی کیمپس منز بناونہٕ ینہٕ واجنہٕ تصویرن ہنز نمایش کرنہٕ آیہٕ اَتھ نمایشہِ متعلق یم تاثُرات قومی اخبارو مصوِرو بیہٕ نقادو لیکھی مے چُھ باسان تمچ ذِکر کرٕنی چھ ضرٗری۔

ہندوستانکی مشہوٗر تہٕ معروف مصوِری ہُند مشہوٗر نقاد کیشو ملک چُھ لیکھان ''کہ، نیشنل گیلری آف ماڈرن آرٹ نیو دہلی منز یِتھ تصویر چھےٚ تمہِ پتہٕ چُھ کلچرل اکیڈمی منز جدید مصوِری متعلق اکھ بےٚ بہاتہٕ موٗلُل خزانہٕ یُس جدید مصوِرن ہُند روہرکانہٕ تہٕ ذہنی اِظہارٕچ نُمایندگی چُھ کران اَتھ سِلسِلس منز چھ لیکھان کہِ سنتوشنی کأم چھےٚ یوٗگی عملہِ ہنٛز سٕہ تجربہٕ یُس تِمس پنہٕ نِس اندرونس منز موجوٗد اُستھ کنواسس پٹھ فنکارانہٕ زاو جارو سان (Drawing) لکیرو تہٕ رنگن ہندِ مدتہٕ وٕچھن وأرِلس جمألیاتی ذوق (Aesthatic sense) تہٕ فنی بصیرتس اکھ نوٚو ذوزہتہٕ پأدہ چُھ کران''۔

ٹائمز آف انڈیا نیو دہلی 6 جنوری 1981 کِس اخبارس چُھ لیکھان یتھ نمایشہِ منز چھے مشہوٗر تہٕ معروف مصوِرن ہنٛز تصویرٕ 1968ء پتھٕ 1981ء تام یم أکِس وٕچھن وأرِلس مصوِری منز تبدیلی

تہٕ ترقی ہنزِ ے اکھ تحریک چھِ پیش کران۔ اَتھ منز چھےٚ کٲشرِ ہنٛدٕ بن فنکارن ییٚمن منز غلام رسول سنتوش، کِشوری کول، کے کھوسا، ترلوک کول، وغارہ۔

یِہنز فنکارانہٕ بصیرت جان پٲٹھی لبنہٕ یِوان۔ ییٚمو کیمپو ستی چھِ کٲشرِ ہنٛدٕ بن مصوِرن پیٹھ بیرونی ریاستکٮ۪ن مصوِرن ہُنٛد کم زیادہ اثر نظرِ گژھان۔ وِجے گُپتا، اے۔آر جان، بھوٗشن کول، اعجاز ملک، اے۔کے۔رینہ سٹیٹس مین (Statesman) نیو دہلی ذِکر چھےٚ 12 جون 1998ء اخبارس منز نمایشہِ ہنز ذِکر کران۔ '' ییٚمن شاندار تصویرن منز یم تہٕ لوٚبونہٕ تصویرٕ چھیر ایف۔ایم۔حُسین، بندرے، کے۔کے خیبرَ، شانتی دیونے، جی۔آر۔سنتوش، کرِشن کھنہٕ سنٛز کلچرل اکیڈمی ہنز یہِ نمایش چھےٚ جدید ہندوستانی مُصورٕی منز اکھ رُت اِضافہٕ جموں کشمیرٕ سرکارس پز یِہنز رٲچھہِ خاطرٕ کینٛہہ اہم قدم تُلٕنۍ یتھ منز اکھ آرٹ گیلری بیٚیہ تصویرن ہند پرنٹس (Prints) چھپاوٕنۍ۔''

ہندوسان ٹائمز 14 دسمبر 1981ء چھ لکھان '' کہِ اِنسان چُھ خوشی محسوٗس کران ییٚلہِ سُہ ہندوستانکٮ۪ن نامور فنکارن ستی ستی چھِ ریاستکۍ لوکچہ وأنسی ہندی مصوِر یکوٹہٕ سُمتھ تہٕ خیالاتن ہُند تبادٕلہٕ

کرِتھ أکِس جدیِد رُجحانس کُن پکنچ کوٗشش کران۔ یہ تصویرن ہنز سوٗمبرن(Collection of Paingings) چھےٚ پتٕمین 13وٗرین ہُند اکھ حسین مجموعہ آسنہٕ علاوہ تمن سارنٕے رُجحانن (Trends) ہنز ترجمانی کران یم جدیِد ہندوسانی مُصوّری منز ورتاونہٕ چھِ یِوان۔ اَتھ نمأیشہِ منز یم تہِ باقی تصوِیرٕ چھےٚ تم چھ پننہِ اعتبارٕ ووستادانہٕ فنکأری ہُند ثبوٗت دِوان۔ ہندرے سنز شِکأری، ایم حُسین یوسہٕ کُشرِ ہنز ترجُمانی چھ کران۔ بِکاس بھچاری چھےٚ پننی وتھ ترأوِتھ کُشیرِ ہنز منظر کُشی کرنس پیٹھ قدرتن مجبوٗر کوٗرمُت سنتوش تصویر1973ء چھےٚ تاثرِک آرٹکھ اکھ سُررٕتُ نمونہٕ'' سنتوش تصویر (1973) چھےٚ تاثرکی آرٹکھ اکھ سُہ رُت نموٗنہِ (Economic Timis) نیو دہلی چھےٚ 13دسمبر1981ء کِس شمارس منز چُھ لکھان'' غلام رسول سنتوشنہٕ تصوِیرٕ أندٕ پکھی یم ریاستی فنکارن ہنز تصوِیرٕ چھےٚ تتھ پیٹھ چھ تمِ سنز زبردس چھاپ یہِ نمایش چھےٚ پرتھ کُنہِ رجحانچ (Trend) ترجمأنی کران۔''

پاکستانک اکھ مشہوٗر مصوِر صادِقین چُھ اَتھ نمأیشہِ متعلق یمن خیالاتن ہُند اِظہار کران۔ ''کیا کُشیرِ منز چھا یوٗت بوٗڈ خزانہٕ موجوٗد یُس دُنیا ہکہِن مختلف رُجحانن ہنز ترجمأنی چُھ کران۔ غلام

رسول سنتوشِن تصویر چھےٚ ہندوستانی فلسفچ اکھ زندہ مِثال''[1]

سنتوش صأب چھُ مغربی مصوِری متعلق پرٛژھنہٕ آمتس أکِس سوالس جنوری 1971ء منز یمن لفظن منز جواب دِوان

''مغرب میں ہر شے کا ارتقاء بڑا اصولی اور سائینسی بنیادوں پر ہوا ہے۔ وہاں اِنسان مادیت کی طرف جارہا ہے۔ جتنے رجحانات روز مرہ کی زندگی میں کار فرما ہیں وہ سب مادیت پر مبنی ہیں۔ وہاں انسان نے محسوس کیا کہ وہ اعلیٰ و برتر ہے۔ اس نے خود کو کُل سمجھ لیا ہے۔ جب کہ وہ محض جزو ہے۔ میرا آرٹ اُس کے برعکس ہے میرے یہاں مادیت کی نفی مِلتی ہے۔ کوئی اسلوب اور کوئی ہیت ہو میرے نزدیک اُس میں روحانی عنصر کا ہونا لازمی ہیں۔ میں محسوس کرتا ہوں میرا فن ایک تقدّس چاہتا ہے۔ میرے نزدیک ریاضت اس کا لازمی

[1] یمنے دوہن اوس للِت کلا آرٹ گیلری ہندس ہیرِمہٕ گیلری منز انڈین کونسل فار کلچرل رِیشنز (I.C.C.R) نیو دہلی صادقین سنزن تصویرن ہنز نمائش۔ آ س چلان صادقین اوس بذاتِ خود اَتھ نمایِشہ منز شایقینن پننہٕ نِس فنس مُتعلق معلومات فراہم کران (ح۔گ)

جزو ہے۔ میرے اور آپکی فرشی نِشت میری اِسی احساس کا سبب اور نتیجہ ہے۔ میں اپنے سٹیڈیو(Studio) میں جوتا تک نہیں پہنتا"۔[1]

اَمہِ ءستی چھ ثابت سپدان کہ سنتوش صاأب چھ زمینِ پیٹھ پکان نہ چھ سُہ سرَیل ازمُک (Dada) دادا اِزمُک پیرو کار اگر چہِ تمی گوڈٕ گوڈٕ پکاسو سنٛدِس فلسفس پیٹھ عمل کٔرتھ کیٛو ب اِزمُک پیروکار اوس مگر 1965ء پیٹھہِ کوٚر تمیٛ پنٕن سونچ ہمیشہِ خأطرِ ہندوستأنی فلسفس حوالہٕ چاہے تمیٛ تصویرٕ بناوِ شأعری کٔر یا افسانوی ادب تخلیق کوٚر یا ناول لیچھن سُہ روٗد ہمیشہ پننہِ تہذیبُک دِل دادٕ تہٕ جدیٖد تانٛترِکی رجحانُک فلسفہٕ چُکاوان۔ یمکنٛی سُہ مصوِری منٛز جدیٖد تانٛترِکی (Neo Tantric) پیشرو چُھ مانٛنہٕ یِوان ۔ سنتوشس نِش چُھ بِندووِس (Bindu) زبردس اہمیت تِکیازِ امیُک تصوّر چُھ کامٕ کلا (Kam-Kala) کام مطلب چُھ (جنسی) خواہش تہٕ کلا معنی چُھ تخلیقی اظہار۔ سنتوشُن وُنُن چُھ "زِ بحیثیت اکھ مُصوِر چُھ مےٚ رنگس تہٕ خیالس (Colour and image) ءستی وابستگی یِیمہِ ءستی اکھ احساس پأدہ

---

[1] غلام رسول سنتوش کے ساتھ ایک مُلاقات از راج نارائن راز "آج کل" اردو ماھنامہ فروری 1972ء نیو دہلی۔ اَمہِ شُمارک سرورق چُھ سنتوش صأبن بنووُمت۔

گژھہِ زِ میون تصوّر چھُ ینترا (Yantra) تہٕ بیٚیہِ مُشاہدہ، مُکمل کنواس چھُ اکھ علامتھ یتھ منٛز تصوٗیرُک کرہُن فریم یمہِ کتھہِ ہُنٛد اِشارہ چھُ کران کہ میأنۍ حرکات وسکنات چھِ أکِس قالبس منٛز بند۔ کنواسکِس منٛزۍ مِس ہِسس منٛز چھُ بندو (Bindu) زیوان یُس چھُ واش کڈان تہٕ دُنی یاہس پھہلاون۔''

سنتوشس اوس رنگ ورتاونک تہٕ رنگ پأدہ کرنک

ظون لوکچارٕ پانہٕ پیٹھے پیپرماشی ہنٛز کأم کران کران تحت الشعوٗرس منٛز ژھپہِ بہتھ۔ اکہِ دوہہ ییٚلہِ سفید کنواسس پیٹھ سفید رنگ کوٚرُن مے دوٗپمس بےٚ عقل پأٹھۍ رنگ چُھکھ ذایعہِ کران سفیدس پیٹھ کیازِ چھُ سفید رنگ کرُن تورٕ ووٗنُن یہِ چُھنہٕ ونہِ کأنسہِ مصوّرس پتہٕ کہ کأشرِ گولابک رنگ کیُتھ چھُ آسان یہِ کرنہٕ ستیٚ چُھس بہٕ رنگن ہندۍ مختلف عکس نٔنۍ کڈان (Shades) سنتوشس اوس حلقہٕ گولأبۍ یا سفید شین ہیوٚ رنگ زیادہ پسند پتٕی مہِ دورکین تصوٗیرن منٛز اوس سُہ نیول (Blue) زرد (Yellow) سورمایی، شوخ سبزِ (Sea green) ورتاوان۔ یم رنگ چھِ مختلف علامتن ہنٛز نِشاندہی کران۔ یتھ تانترِکی آرٹس (Tantric Art) منٛز بیوٚن بیوٚن معنی چھُ مختلف روپن منٛز شور شکتی مایا ۔تانترِکی تصوٗ

پۂ بناونہٕ برٛونٹھ چھُنہٕ مےٚ زانٛہہ سنتوش جمیرٛی ہندی اوزار استعمال کران وچھمُت بلکہِ اوس سُہ بُرشہٕ سٟتی سیدِ سیوٚد تصویر بناوان چونکہ تانتیرِ کی تصوٟیرن منٛز چھِ تِکوٗن، شٔشہٕ کوٗن، دوہن تہٕ گول علامتن زیادہ اہمیت یمہِ کِنہ سُہ پتہٕ ممن دوہن یمن اوزارن ہُنٛد استعمال کرنہِ لوٚگ۔

کٔشیرِ منٛز اگر ازٕ تہِ سہلاب یی یہِ سُہ چھُ ونتہِ پرانہِ وَتہٕ ژھانڈان یعنی نو پورہ پٔتہٕ بابہٕ ڈیمب چھُ سورٕے پۂ آب گرٛھان تِکیازِ اکہِ وقتہٕ اوس شہر نالہٕ مأرِکس بٔٹھس پٔتھ آباد ازٕ تہِ چھُ مگر نالے مأر روڈس پٔتھ۔ یۄتہٕ بناویکھ پرتھ گُنہِ، سرن تہٕ مأرن سرٛکے یاژہ تِکیازِ سانٛین حأکمن تہٕ لوٗکن چھےٚ صرف روپیہ بماری تمن اگر پلہِ ہے تم دِہن سأری ہے کٔشیرِ نار تہٕ وٹہٕ ہنس روپیہِ سنتوش سُنٛد بوے محمد صادقۓ یُس 14 اپرٛیل 1995ء منٛز اکہِ گولہِ سٟتی شہیہ گوٚ تہٕ پٔژ فن تہٕ اچھ خوٗبصوٗرتی ٔنین پانس سٟتی تنہٕ چھُ بچور بابا مزار جڈی بل سرینگرس منٛز ہمیشہِ خأطرٕ آرام ترأوِتھ۔

أتھی دوران گییہِ سنتوش تہٕ بہٕ بِلواڑ روڈس کِنہ چکرس کارِہ منٛز ییٚلہِ مےٚ بروٗٹھمہِ سیٹھہ پٔتھ گُن سنتوش نِس بُتھس گُن

نظر ترٲو تٔمِس زَن اوس اوش أچھ ٹاربن پتھ مرحوم ڈاکٹر محمد امین اندرابی گاڑی چلاوان تہٕ برونٹھ پٔھن پکتھ اَسہِ نہروٗ پارک کراس گرِتھ رُکاوی گاڑی تہٕ وٕتھی ڈل بٔٹھس کُن تہٕ سنتوشن ترٲو اکھ cross زیوٗٹھ ووش یٚیمہِ تلہٕ یہِ ننان اوس زِ تس چُھ ڈلک پرون شانہٕ شوکت تہٕ أزِچ ویرأنی سخ ستاوان تہٕ سُہ وۄتھ اَسہِ کُن سرکارس لکھ کڈِتھ یٚیمہِ ڈُلک آب اوس نالے مٲر کٕنی سأئنس دروازس نِش واتان تہٕ اوسُس ژھٹہٕ شِکارِ منز گرِ پیٹھہٕ مُنگلن (Mangleshwar) تصوٚیرِ کٔشی

---

ل (حأشی پٔتِ مہِ صفحٕک) محمد صادق ڈار زاو 1937ء منز چنکرال محلّہ سرینگرٕ یُس مصوِری ہنٛدِس دُنیاہس منز صادق ناوٕ مشہوٗر چھ کم تعلیم آسنہٕ کٕنی اوس زیادہ تر پھیران تھوران تہٕ منزی منزی پیپر ماشی ہنزِی کأم کران 1962ء منز نیو یہِ سنتوش صأب دِلہِ تہٕ گرِنووٕن تروانی کلا سنگم (Trivani Kala Sangam) منز کے۔ ایس کلکرنی صأبنہٕ زیرِ سرپرستیِ مصوِری ہنز ٹرینگ۔ 1962ء منز کوٚر أمی کلچرل اکیڈمی نِش مصوِری منز انعامہٕ حأصل اَمہِ علاوہ کوٚرُن للت کلا اکیڈمی ہنزِن نمائشن منز تہٕ شرکت کشمیر فسٹول چہ یم مصوِری ہنز نمأیشہِ کلکتہٕ، میسوٗر، مدراس دہلی وغارٕہ جاین منز کلچرل اکیڈمی منعقد گرِ ٔمن منز تہ آسہٕ أمی سنزٕ تصویرِ مگر باقٕبن کہبن آرٹسٹن ہنزی پأٹھی ہیوٚک نہ یہِ مصوِری ہندس کاروانس منز ثابت قدم روٗزِتھ آخرس پتھ کوٚرُن پٔنٕز شُری ہتھ پیپر مأشی ہنز کأم شروٗع محمد صادق سپد 14 اپریل 1995ء منز حرکتِ قلب بند گژھنہٕ ستیٚ رحمتِ حق أمی سُند جسدِ خاکی کوٚرکھ بابا مزار جڈی بل سرینگرٕ فنی أمی سنزِ مصوِری منز آسی خوشونی رنگ تہٕ یہنٛدِ عام موضوع آسان۔

کرنہِ گرٛھان تہٕ اکثر بڑٕ اُسی زنگہٕ ترٛیِہِ ہُنٛد رسوم سائنٛس دَروازَس نِش انجام دِوان تِکیازِ آب او سُکھ اَتی ۔نہٕ رؤد سُہ ڈری یاو نہٕ تم رسم اگر شُری مےٚ ونتہٕ پتھ کالس متعلق پرٛژھان چھ، بہٕ چھُس تِمن ونان:

"I am living with the past not in the present".

تِکیازِ میون ماضی اوس بڑٕ شاندار تمے چھُ مےٚ پرٲنٛس تہذیب وتمدنس تہٕ سنسکارن سٟتؠ زِیادہ پیٚھن لگاوِ یتہٕ چھُ اکھ وجہ کہِ میانہِ تخلیقی کامن منٛز (تصوٗیرن، شاعری، افسانہٕ نِگٲری) منٛز کشمیرٕ شیو اِزٕچ ذِکر تہٕ فِکر کُنہِ نتہٕ کُنہِ آیہِ پتٕن چھاپ تراوان سٟتی وۄتھ لوکٹ بوے چھُ مےٚ خونہٕ سٟتؠ رؤچھمُت یٚیمہِ وقتہٕ مےٚ اکھ گز کپُر وونہٕ نس پنٛژہ پونٛسہٕ(25 paisa) اُسی دِوان زندگی ہندی تمام عاش وعشرت آسم تمے دوہہ ختم گمٕتؠ یٚیلہِ بابہٕ صاب یٚیمہِ عالمہٕ گوٚو سُہ اوس مےٚ تصوٗیرٕ بناونس پتھ شلکھ کران تِکیازِ رنگہٕ ڈبہٕ اوس شیٚٹھن پونٛسن (60 paisa) یِوان تہٕ بیٚیہِ اوس تِمس طماہ یہِ زِ بہٕ گرٛھس پُلسہٕ افسر بنٕن نتہٕ کانٛہہ حاکم مگر مےٚ اُسی رنگن سٟتؠ ذہنی وابستگی ماجہِ ہنٛزِ برکتہٕ چھُس بہٕ مصوِّر سو بچاٗرٕ گیہِ لوکچار سے مونٛڈ تہٕ اَسہِ اوسنہٕ کنہِ وقتہٕ دوٚن

کالن سُمب وے تہِ آسان۔ ازکل چھِ میانی تصوّیر لچھن منز کٔنہِ یوان تیلہِ اوس نہٕ مے ایکس کرشنس کیٹ یا مِٹھائے کھنبس کیٹ پونڈ تہٕ چندس آسان اَز کھمہٕ ہا مگر شگر بیمارِہ کیاہ کرٕ أتھی منز وٕتھس أسی تلہٕ ژٹھ کتھ وَنی۔ اتہِ نیرِتھ واتناو اَسہِ فاروق نازکی صاب نِس سرکأری مکانس پیٹھ ژھلہٕ ژھلہٕ تِکیازِ تٔمی سُند اوس سخت مُشکِل گوٗمت سُہ کیازِ آو نہٕ یمن ناس تراس وٕری ین منز دِلہِ اوٗت وأتتھ وُچھ اَسہِ میر غلام رسول نازکی، ستار احمد شاہد تہٕ پروفیسر نصرت اندرابی (بیگم ڈاکٹر سیّد محمد اندرابی) وازوانہٕ کبتھ وأتی چِنکرال محلہٕ مے اوس دیماغس منز کہِ بہٕ پرژھہٕ أمِس بیٚہٕ تہِ کینٛہہ سوال أمی سنٛزِ مصوِری تہٕ أمی سندس خاندانس متعلق تقریباًز بجے راتھ تام أسی لؤکن ہنٛز غیبتھ غیبتھ کرنہٕ علاوہ مصوِری متعلق کتھ کران صبحس ییٚلہِ بہٕ پنٛن گرٕ ووٗتس یہ راتچ دلیل دربار کوٗرم ڈائرِی منز قلم بند سنتوش سند وُنُن چھُ 55-1947ء یا تمہِ برونٛہہ یم تہِ تصوِیرٕ مے گٔنس، کاغذس یا پُلیے ووڈی شیٹن (Plywood) پیٹھ واٹر کلر موس ستی رنگ رلأوِتھ یا مُمس ستی شیشہِ کھنجہِ پھٹراوِتھ بحثیت میڈیم (Medium) اِستعمال کٔرِتھ تصوِیرٕ بناوِتم سارے چھے یا تہٕ مأری أندی أندی نتہٕ مے پننہِ گرَچ تِکیازِ اکثر ناون منز سبزی کِنن

وٲلۍ ٲسۍ سائنس دروازس نبر کنہِ ناوٕ رُکاوان۔ غربتھ ٲس ژوپٲرۍ نال وۄلُمت سبزی ٲکنن وٲلۍ زن ریکیو مرد ٲسۍ جسمانی کمزور تہٕ تہندی پلوتہٕ طرزِ زندگی وچھتھ اوس مے سخت محسوس گژھان تم تصوٕیر (Painting) چھےٚ تمہِ وقتکہِ مشہوٗر انگریزی رِسالس ''مارگ'' کشیٖر نمبرس منز مشہوٗر مصنف تہٕ آرٹ نقاد (ملک راج آنند اوس ترکی پسند تحریکہ ستۍ تیوٗت وابستہ کہِ 1938ء منز ٲس فیض احمد فیض ڈاکٹر ایم۔ڈی ۔تاثیر، ڈاکٹر ملک راج آنند، ڈاکٹر نورالحسن، انورمحموٗد وغارٕہ ییٚتہ، کمن نوجوانن ہُند رُجحان ترقی پسند تحریکِ کُن پرٛژھان پھٕرن ژکہِ ٲسۍ یم سارِی کمیونِسٹ پارٹی ہندی رُکن یمن ٲسۍ رشیدہ جان دخترِ شیخ محمد عبداللہ یُس پوٚنچھس منز زاو تہٕ علی گڈھ تعلیم حاصِل کرِتھ بنیو ہندوستانک بوٚڈ بارٕ شخصیتھ رشید جان ٲسۍ ترقی پسند ادبٕچ گوڈنچ افسانہٕ نِگار۔ ٲمۍ سُند خاوند اوس جلندھر کالجس منز پرنسپل ییٚتہِ فیض احمد فیض تہٕ مشہوٗر ترقی پسند تحریکِ ستۍ وابستہ استاد تہٕ لڑکہِ ٲسۍ۔ بیگم رشیدہ جان ٲس پانہٕ تہِ کشیٖر ییتھ تہٕ ڈاکٹر تاثیر صابس ستۍ رٔلتھ ترقی پسند تحریکِ ہنز بُنیاد تراوان)۔ یم سارے تصوٕیر تہٕ مے پٔنن بنوومت شبیہہ چھُ آنند صابن تبصُر سان چھپوومت۔ میانین گوڈنِکین تصوٕیرن

منز چھ، اِنسانی شکلن علاوہ گلہٕ کُٹھ شِنہ بال شِشر گانٹہٕ شِنہٕ مہونِو وغاَرہ مےٚ گوٚو وارِیاہ کال شِشر گانٹہٕ سڑکن پیٹھ شینہٕ بال جنگ، سو کھہ سِنس ہتی بتہٕ کھیوٚن یہِ ونان ونان اوس سنتوشس زنتہِ جوانی تہٕ لوکچار سورُے پسہِ منظر تَس اُچھن تل یِوان تہٕ وُنی بہٕ روزہا ییتھ دِلہِ منز چھم نہٕ کانہہ سکون تہٕ قرار بہٕ ووٗتھس تُمس درجواب یمن تصوٚیرن کیاہ کرکھ۔ توٚر وُنی: میانہِ تصوٚیرٕ چھِ صرف کٲشرِ ہنٛدِس تتھ فلسفس پیٹھ یُس ییتِ پٲدہ گوٚو تہٕ پھاٛپلوٚو ساری ہے دُنیا ہس منز تکیاز اَمہِ فلسفکوٚ بانی کارو منز چھ تمِ یمن منز اُتپل دیو، سوما آنند، ابھنو گُپتا کھشمندر، کھشم، راجا (Ksemaraga) وغاَرہٕ قٲبل ذِکر۔ ابھنو گپت چُھ سو شخصیت یمیٚ کشمیر شیو اَزم یعنی ترکاکس اِرتقاہس منز زبردٔس رول ادا کوٚر اَمہِ علاوہٕ کوٚرن ناٹیہ شاسترس منز مختلف رَسن ہنز وبۄھنے تہٕ بییہٕ چُھس بہٕ تتھ مقامس پیٹھ ووتمت ییتھ نہٕ مےٚ پونسہٕ یا شہرتھ ضرورت چھِ باقی گوٚو کاٗم کار ییتہِ دِلہ ہندٕ یا بمبئی گیلری وٲلی کٔرن (Sold) تصوٚیرٕ مگر کرٕ کیاہ نہٕ چھم زنانہٕ مانان تہٕ نہٕ شُری۔ برونٹھ کٔرم کوٗشش ہٲرون شالیمارٕ مکان تہٕ سٹیڈیو (Studio) باپتھ زمین مٔلی ہینٛز بییہٕ اُسم رائے زِللہٕ دبد سینٹر تراون مگر کینژو دوستو دِتُم اَتھ معاملس ڈھول۔

کشمیر شیومت چھُ نظریاتی فلسفہٕ تہٕ تہٕ عملی فلسفہٕ تہٕ۔ ''اُمیک سادھک چھُ یمن دوٚشوٛنی زانٛتھ اکھ تیوٚتھ یکت ووتلاوان یُس مادی تہٕ چھُ تہٕ غیر ماٰدی تہٕ یُس نظرِ منٛز تہٕ چھُ نظرِ ماوراتہٕ۔ یتھ اکھ معروٗض ہکو اَسی فقط اِشارو تہٕ علامژو ستی یوت بیان کٔرِتھ۔ اوے چھُ یہ فلسفہٕ بُنِ یاٰدی طور گوڈٕ گوڈٕ ساٰلکس تیار کرنہٕ باپتھ کینٛہہ اصوٗل یا نُسخہٕ بیان کران یمن امہٕ فلسفٕکی عاٰلِم منتر ونان چھِ۔ منتر چھِ صرف تیاری۔ دوٚیم مرحلہٕ یُس ساٰلکس صحیح تہٕ باضاٰبطہٕ سادھک بناوان چُھ چھِ نیترن ہنٛدِ۔ یتھ منٛز جیومیٹریکل شکلو تہٕ رِکھو ستی تمہِ تجرُبچ باوٕژ ہنٛدی اِمکان پاٰدٕ گژھان چھِ یم صرف عملہِ منٛز آور سادھکس حاٰصل چھِ۔ سادھک سُنٛد ظاٰہری آسن۔ تسُنٛد شریر چھُ امہِ طاقتُک تہٕ شکتی ہُنٛد مرکز تہٕ اتھ ''وتھ دِنُک بہانہٕ''۔ اصل چھُ شکتی ہنٛدِس صوٗرتس منٛز یا "ونو بے صوٗرتی منٛز "وو پدن تہٕ یہوے چھُ سادھک سُنٛد اصل آسُن۔''

یہے اوس غلام رسول سنتوش سُنٛد فلسفہٕ۔ سُہ اوس امی یکتچ مثال یتہِ ظاٰہری شریر اکِہِ حسابہٕ فقط اصل ماوراے شریر آسنٕچ علامت چھے۔ اسٕژن تصویرن منٛز چھِ یم رِکھِ تہٕ رِکھن ہنٛدِ مدتہٕ ووتلن وول گاشر انبار شیو سُنٛد پرم شریر۔ یا ونو شیو سُنٛد ''نہٕ آسُن''۔

سنتوش اوس عاًمل۔سہٕ اوس نیترن تہٕ منترن پٹھ حاٗوی۔یہِ خاٗلص جماٗلیاتی تجرُبہٕ اوس ظاٗہری حسبن ہنٛزِ پرٛبتھ اِشارٕ بدٕون تہٕ تھوٚد۔اوے چھُ پی۔این۔ماگو پنٛس اکِس لیکھس اند کران ونان "سنتوش ہنٛز تصویر چھےٚ علامژ لس حاٗصل سپدیمتہٕ گیانچہِ تہٕ وِجدانچہِ[1]۔یم ظاٗہری حسبن ہنٛز تنگی تہٕ محدٕودیژ تہٕ جذباتیت تہٕ عقلِ ماورا، یم چھِ سادھنایہ ہنٛز زِیتنٛز زیراٗوِتھ سادھکس تخلیق کِس سرچشمس یعنی اصل حقیقژ تہٕ آسنس ستی ہشراوان۔یم چھِ اصل تہٕ حقیقی دُنیچ زانکاٗری تہٕ یِہنٛد تجرُبہٕ۔صرف علامژوستی چھُ اکھ شخص بیدار سپدان لس چھُ روٗپا آنتھر سپدان تہٕ سُہ چھُ اظہارس یوگی بنان۔

تنتر مولہ شکتی تہٕ لافانی پراشکتی۔اکہِ ازلی مُسلسل حرکژ ہنٛد فکری اظہار یا اٚمی ستر ذہنی صوٚرژگری چھے اکھ داٗخلی شکتی تہٕ فنُک تخلیقی اظہار۔کشمیر شیومتس منٛز چھُ پرم شیو تمام تخلیقُک اصل مُحرک یا تتو تہٕ یِہوے چھُ پراکرتی تہٕ باقے 36ہیٚژن ہنٛز بُنٛیاد۔36چھُ اکھ عام ہندسہ مگر چھُ یہِ تمہِ جیومیٹری ہُنٛد آگرتہٕ یتھ نیترا ونان چھُ۔

1. P.N.Mago, Contemporary Art in India,2001, N.B.Trust.

3x6 بنہٕ 18 گۄو 9:9 چھُ 36 عددُک ژۄرِم باگ۔ نون (9) ہُند باگ چھُ نو (9) یونہٕ منڈل یُس شری ینتر مرکزی چکر چھُ۔ یہِ چھُ ترٛین قکونن ہُند یکت (سنگم) یوسہٕ اکھ جیومیٹریکل مِلون چھَ۔ یہے چھُ لافانی حقیقژ ہنٛز شناخت۔ پرم شیواچھُ شکتی ہُند ظہوٗر۔ پرکاش و یمرِیش یوسہٕ نوٗر تہٕ چت چھِ ''آنٕچ''۔

وُہم صدی آیہ نوٚی نوٚی مسلہٕ تہٕ تقاضہ ہتھ۔ فنکارس میج اکھ وۄتُش پرانیو آزمدہ مگر پننہٕ پننہٕ سپدیمتیو روایژو نِشہٕ نبر نیرنٕچ۔ پرانیو روایژو اوس سُہ وۄن زنتہ گنڈتھ ہیوٚ تھوومُت۔ فنکاری آس قائلین باف ہونز ہش بنیمژ، فنکار اوس، مأنی تو زنتہٕ اَکس تعلیمہ مطابق رکھہ دِوان تہٕ یمن منز حسبِ لیاقت کے تہٕ حسبِ ضرورت زیادہ پہن رنگ بھران نوٚی تقاظہ آسی منگ کران زِ پرانہ روایژن نوِ سرٕ سرکھٕر کرنہٕ تہٕ یمن ییہِ سُہ تشریح کرنہ یتھ یم موجودہ اشکالن اگر حل کرن تہِ نہٕ مگر زیادہ شدید ہیکنکھ بنأوِتھ۔

ہندوستأنی روایژ منز اوس تانترک فلسفن پننہِ آیہ زندگی ستی وابستہ سوالن جواب ژھارنچہ کوشش گرمژ۔ ہندوستأنی جمالیاتس منز اُس یمو نیترو ہنز تشریح ستی تیژ وسعت پادٕ کرمژ زِ موجودہ فنکارس



او۔ پی۔ شرما، سیتا نواز، تہٕ غلام رسول سنتوش



سنتوش کلکتہ ایگزیبشن 1987ءٔ

باسیہِ یِم جیو میٹرک شکلہ پننہ موجود ضرورژٕ و موافِق۔ وونی گوٚو اَمہِ سِتی
یُس ٹکراو جدید ذہنس تہٕ روأیتی سوچس درمیان ووتلوو تمو کوٚر فنکارس
پننہِ باپتھ اَتھ بدل شاناخت کرنس منٛز مدد۔

تانتر زانن مانن والیو اوس جیومٹریکل تہٕ تجریدی شکلو
یعنی نیترو سِتی وجوٗدی مسلن آیہ آیہ وکھنے کرنہٕ۔ یِمو نیترو تہِ یِہنٛز
وکھنے سِتی سپدی کِتی ہندوستأنی مصوِر متأثر۔ یِمن منٛز بیرن ڈی، اوم
پرکاش تہٕ غلام رسول سنتوش تہِ اوس۔ یِمو بناوِ جیومیٹریکل رِکھو سِتی
زیادہ روشن تیز تہٕ لوٚبہٕ وٕنیو رنگو سِتی تژھ شکلہ یِم زیادہ معنے خیز آسہٕ۔

اَمہ آیہ متأثر سپد یِمتیو یِتھو فنکارو آزماو تژھ ہیژ یِم
اگر اکہ طرفہ زیادہ احتیاط نزاکت تہٕ توازن ژھاران آسہ مگر بیٚیہِ طرفہ
آسہٕ دأخلی، ذأتی تردس تہٕ تجربس نکھہٕ تجرید پرستی اوس فن کھوکھر تہٕ
تکن گری بنووُمت۔ تانترک طرز اظہارن پھیور اکہ پھرِ بیٚیہِ فنکار
رِکھن ہندس سطحس کُن تہٕ رنگن منٛز موٗجود امکاناتن کُن، اظہار پسندی،
تاثر پسندی وغیرہ اوس فنک دُنیا اَکِس گہلس وأتِتھ تھووُمت۔ نوِو
فنکارو اوٗن یہ فن بیٚیہِ انسأنی زندگی ہندس مرکزس منٛز۔

وجودی مسلن سِتی اَمہ نوِ دلچسپیہِ سِتی آیہ نہ صرف

خأرجی سطحس پٹھ رنگن تہٕ رِکھن ہنٛز مِلونہٕ ستی بدل سادر وار تہٕ سنہٕ ؤنہ شبٕکلہ بارسس بلکہ آو چیزن ہند اۆندرون پنہٕ تمام لطافژ و سان وۆتلتھ۔ خأرجہ حسن تہٕ نزاکژ بینیہِ اندرمہ حسنکی صرف بہانہ نہ زِ نمایندِ یتھہِ پأٹھی زن پرانہ مصّورِی منز مروجہ اوس۔ تانترِک طرز اظہار اوس یمن فنکارن نِش اکھ تیوتھ محاورِ قائم کرنُک وسیلہٕ ییمہٕ ستی وجودی تہٕ سری اشکالن ہنز کیفیتھ زیادہ موثر آیہِ وۆتلان اُس ذأتی نظر تہٕ آگہی اُس خأرجی منظر کشی تہٕ اندرۆنی کیفژ تتھہٕ پأٹھی اکھ اُکس منز ضم کران نرِ اکھ نۆو محاور اوس تھنہٕ پیوان۔

غلام رسول سنتوش سنز تانترک مصّوری چھنہ چھرا اکھ ''وچھ باس'' تانترک فلسفُک بلکہ ینترو ہند وسیلہ پننہِ آیہِ، پننہِ لِکھہٕ تہٕ نظرِ زندگی پرزناوٕنچ یژھا۔ یمن ہنز خالص تانترک تشریح رۆز پرتھ لیکھہ ژےِ اگر نہ اَتھ ستیٔ اُسی تمن چیزن سنو یم سنتوشن پننہِ بصارتہٕ کِنی اَتھ منز متعارف کرِ۔ یمن منز چھہِ اہم سنتوش سند سہٕ خاص انداز تہٕ یتھ منز تصویر زنتہ گاشہِ منزے پھولان چھہِ۔

سنتوش۔ بیرن ڈی تہٕ اوم پرکاش ہیوٚن مصّورن ہندِ باپتھ اوس تانترک فلسفہ اکھ اہم ذریعہ زندگی ہندبن پیچیدہ تہٕ نہ فکرِ

ترۄنبن مسلن أنزی منز گرٕھنک۔ یہ فلسفہ بنیو تمن نِش نہ صرف اکھ وسیلہ بلکہ بجائے خوٗد سارے زندگی ہند نچوڑ۔ سید مہر عباسی کے راجیا تہٕ محمد یاسین تہٕ أسی تانترک فلسفہ نِش متاثر تہٕ منڈل بناوان یا ئیترن ستی پنٕن اندرون باوان مگر یمن نِش اوس تانترک فلسفہ صرف طرز اِظہار۔ سأرے زندگی نہٕ سنتوش رۄد تام دوٗمرِ فقط منڈلو تہٕ ئیتر د ستی اِنسأنی رشتہ پرزناوان تہٕ ذأتی تجربن زۄ بخشان۔

سنتوش سنز تصویر چھے پننو جیو میٹرلکل رکھو، شٹہٕ کونوں تہٕ یموستی ووتلے ہتہٕ ''خالی جایو (خُلا)'' ستی یکدم زنتہٕ رٔہتھ تھاوان۔ سُہ چھُ یہندِ مدتہٕ وجدأنی جوہر تہٕ ذأژھنُد اکھ تیُتھ یکُت قأیم کران یتھ منز وچھن وول تہٕ وچھنہٕ ینہٕ وول دوشوے مدغم سپدان چھِ۔ یمن چھے اکھ علاقی اہمیت أستھے۔ اَمہ علاوہ چھِ یم مربع خانوں ستی اکھ تیوتھ پاراوِتھ منظر تہٕ ووتلاوان یہند آگر شٹہٕ کون چھُ۔

یہ چھُ پرزناوان لافأنی حقیقژ شکتی ہندس روپس منز پرم شیوس تہٕ پرکاش ویمرشس ستی لیس آسنگ نور تہٕ شعوٗر چھِ۔ یہ چھ وجدان تمہ کُلہم حقیقژ ہُند۔ پرانہ شکتی یعنی شاہ کھالنہ واجٕنچ شکتی چھ تمہٕ اصل تتو چہ نزائرژ ہنز مثال یوسہ ہیرِ بون جأری چھِ، پَر تہٕ اپَر،

برہمانڈ تہٕ تہٕ انسأنی شریر۔ تخلیقی اظہار، کال'' چھ ژکہِ پرا پرا کرتی ہنُد پھالاو۔ یتھہٕ پأٹھی زن کنڈلنی شکتی انسأنی شریرس منز پھألنگ تہٕ ژمرنگ تجرُبہ بنان چھ۔ اکہ خأرجی پأٹھر ژمنگ تہٕ پھألنگُ۔ مرکز گزیدہ تہٕ مرکز مأیِل یہ چھ مولہ بندو پھأنچہٕ عملہِ منز یوسہٕ ژکرچ ہیت رٹان چھُ تہٕ ژکر چھہ نقطس (بندو) منز ژمان۔ یہ چھُ اکھ تیُتھ سِریتھ نہ کانْہہ أنزی منزٕ ہیوک گژھتھ یہ چھُ اظہار ابدیژ__ (شینا) ہُند۔ خلائک لیس پراکرتی پنہٕ پنہٕ کران چھُ یعنی نہ ہمن وول تماشہ پانس منز ویپراونک۔ یُس کشرژ ہنُد بأعث چھُ ۔یہ چھُ پرا تہ اپرا یُس اتھ سارے نظمس (نظامس) رٹیتھ چھُ تہٕ قدرتی توازن قایم تھأوِتھ چھُ۔ اکس فنکارس نِش چھے ہیت۔ قودرٕکی بدلونی وِہی تِمن موالن ہندی نقطہ یِم تخلیقی جوہرن سٟتی منسلک چھِ بس آدم یعنی مولہ بندو پراکرتی ہند چھُ پانے مخلوق تہِ تخلیقی قووت تہٕ تخلیق کار تہِ۔ یتھے پأٹھی تہ ای انمانہ چھُ فنکار پننہِ تخلیقی قووژ ہند اظہار تہِ کران تہٕ اَتھ آکار تہِ بخشان سُہ چھُ پانس وٕنی دِوان خأرجی دُنیہ یاہس منز۔ یتھ سُہ پنُن حوالہ مانان چھُ۔

سُہ چھُ قدرت کِنن مظہرن منز یِمن سُہ پنُن حوالہ

مانان چھُ۔ پنُن پان ژھاران تہٕ وِنی زاوان۔ سُہ چھُ پننس اندرِمِین تجربن زبو بخشان تہٕ پننِن پرآ کار اندرونس ظاہری شکلہٕ دِوان۔ اکھ فنکار چھُ مثالی حقیقژ بصری بناوان سُہ چھ بے زان حقیقژ زأنی یاب تہٕ امچہ ترسیل تہٕ واتہٕ ناوبرس ممکن بناوان۔ سُہ چھُ انہٕ گٹہ منز گاش وۄپداوان تہٕ اَتھ شیرتھ نوِ ہیرٕ گران۔ یہٕ چھُ ژھیپہٕ اژھوپ بناوان۔ تہٕ آوازن آکار دوان، یہوے چھُ رشتہ منترس درمیان۔ فنکار چھُ زنتہ اکھ موسیقار یُس ''شروتی'' (گپتھ ظہورس) اظہار دِوان چھُ ، یُس آوازِ ہیت بخشان چھُ تہٕ امکہن اسرارن ہنزو اشگافی کران۔ یمن جان تہٕ ٹھوس بناوان تہٕ وقتہ کِس چوکھاٹس منز یخ بستہ بناوان، یہی چھِ پرا، منترا، منترح اکھ ہیت، تہ اکھ حقیقت تمام شعرٕ رٕ تہٕ آگاہی نبر۔

1974ء منز رہتہٕ کالِک اکھ دوہہ تہٕ وۄتھ مےٚ سنتوش نمائش چھ کرِنی پتہٕ نِس دوستس ٹھوکر پۆنچھی ہندِس یادس منز۔ تیمی مےٚ تمہِ وِزِ ساتھ دیٚتُ یمہِ وِزِ توشہِ مےٚ ہتی ژلتھ دِلہٕ (Delhi) وأژ۔ أمی سندِس گرس منز رؤدس بہٕ وارِیاہس کالس۔ اَمہِ وٕتکی میأنی حالات أسی پریشان کُن ریاستی حکومت تہٕ تمیُک سربراہ اوس اَتھ خلاف تکیازِ

سو أس اکھ کھتری کۆر تمٔ سنٛدِس تہٕ میأنِس مکانس أسی صرف شیٹھن (60) فُٹن ہنٛز میدأنی فرق اگرچہِ اَتھ معاملس منٛز میون ہمسایہ بِشار عزیز تہٕ بیٚیہٕ توشُن قبیلہٕ خلاف أسی مگر بہٕ گوس اَتھ منٛز کامیاب اَتھ محبتس زِندٕہ تھاونہٕ باپتھ لیچھی ٹھوکر پۆنچھی ین اکھ ناول یتھ ناو اوس "اب مُجھے تیرا انتظار نہیں" مگر اَسہِ ییٚلہِ مِیُل گۆو تمٔی بدلاو اَتھ ناولہِ ناو تہٕ تھوونس "قفس اُداس ہے" ٹھوکر پۆنچھی ییٚلہِ گۆو جۆمہِ سڑک حادثس منٛز مۆد سنتوش تروو تمٔہِ سنٛدِس غمس منٛز ترٛین دۄہن کھیمن تہٕ چیٚن۔

کتھ أس نمأیشہ ہنٛز چلان نمأیشہ ہُند سنٛز کۆر اَسہِ کالج آف ایجوکیشن مولانا آزاد روڈ سرینگرس منٛز نمأیشہ ستی ستی تھوو اَسہِ بھگوان گوپی کرشن (أمس أس کنڈلنی فلسفس پٹھ نظر) [1] اکھ توضیحی تقریر تہٕ بیٚیہٕ سوال جواب تہٕ بیٚیہٕ سنتوشن تقریر شارِ کا دیوی (یَمہِ سُنٛد مندر ہارِ پربت دیوی آنگن حول چُھ) اَتھ نمأیشہ منٛز أسی سنتوش صأبنیو تصویرو علاوہ ہارِ پربتس متعلق کینٛہہ خاکہٕ تہٕ فوٹو (Photo) تہٕ ٹھوکر پوٚنچھی سنٛز

[1] سنتوش صأبن آخری گورو اوس بالا کرشنن راو، یُس زن مدراسک روزن وول اوس۔

تصویرٕ امہِ نمأیشہِ ہُنٛد افتتاح اوس کرُن تمہِ وٕزکس وزیرِ اعلیٰ شیخ محمد عبداللہ ژورِ (4) بجہِ مگر سُہ آو نہٕ شبن (6) بجن تام تہٕ لۆکھ پریشانی منٛز کڈنہٕ خأطرِ سوٗچ واحد اکھ وتھ سنتوشن تہٕ کوٗرُن نمأیشہِ ہُنٛد اِفتاح پانٕے۔ سانٮ۪ن سیاست دانن تہٕ حأکمن چھنہٕ سبٹھاہ کم ماے پننہٕ نِس تہذیب و تمدُنس ستی نتہٕ آسہِ ہنا ونیُگ تام آرٹ گیلری یا کلا بھون سرینگر منٛز تعمیر کرنہٕ آمژ۔ اگر چہ کٲشرِ ہنٛز فنون لطیفچ تاریخ دۆیمہِ صدی پٮ۪ٹھہِ شروع چھِ گژھان یتھ دُنیاہکی لۆکھ پتھ کالہِ پٮ۪ٹھ ازتام تھزو تہٕ مأری منٛزی نظرو ستی وچھان چھِ۔ خیر یہِ نمأیش چلےٖ یہ اکِس ہفتس أتھی دوران پرۆژھ مےٚ سنتوش صأبس شیخ محمد عبداللہ صأب کیازِ آو نہٕ تورٕ وۆنُن کٲشرِ منٛز چھ گروپ اِزم زیادہ مےٚ چھنہٕ پتہٕ زِ یہٕ کتھ گروپس ستی تھووہس مگر مےٚ چھ پزتھ وِزِ پزرسا تھ دیُتمتُ منٛزی ووتھ شمیم احمد شمیمُن لے بیٚیہِ محمد یوسف ٹینگن دیوتنس نہٕ نمأیشہ ہُنٛد اِفتاح کرنہٕ تِکیازِ تمن باسیوو یہٕ چھس علی محمد لون تہٕ وغأرن ہنٛز طرفدأری کران ستی اوسہس وۆنمتُ اَتہِ چھ سورُے ہندو اِزم مےٚ پیٚیہِ نہٕ کانٛہہ فرق یہٕ چھس ہندوستانس تہٕ باقی دُنیا ہس منٛز مشہوٗر ریم لۆکھ چھِ واعدِ خلأفی کران تہٕ لۆکن وتھ راوران۔ اَمہِ پتہٕ گٔر نہٕ سنتوش صأبن پننہٕ نٮ۪ن

تصوٗیرن ہنٛز زانٛہہ تہٕ نمائش کٔشیرِ منٛز اگرچہ أکِس یا دوٚن آرٹس کمپن منٛز شریک سپُد۔ پزٕر چھُنہٕ زانٛہہ تہٕ اپٕز کہٕ مولہٕ مایہِ ستؠ ژورِ روزان کتھ وژھ گروپ ازٕچ أمِس خلاف أسؠ پیٚتھکی تم آرٹس تہٕ یمن سنتوش وزِ وزِ سوچھ اوس کران چاہے سُہ قلمی سخنن تہٕ درمی آسہے۔ أسؠ ہکھوٗنہٕ یہِ وٕنتھ کہ سأری مُسلمان بٹہٕ یا سِکھ آسن تعصُبی پرتھ کُنہِ قومس منٛز چھ تِتھؠ لوٗکھ تہٕ آسان یم صرف پنٕنہِ طبقُک یا نفسُک خیال چھِ تھاوان تِمن لوٗکن چھُ پانٕسے نقصان واتان تکیاز تم چھ، پنٕن ذہن ہمیشہ ناکارہ

---

ٹ (حأشی پتٕمہ صفحُک) ''ہفتہٕ وار آئینہ'' شخصیات نمبر 1969ء منٛز چھ شمیم صأب لِکھان سارے مُلک میں سنتوش مصوِر کے نام سے جانا جاتا ہے اس کی تصویروں کو عزت اور تو قیر کی نظروں سے دیکھا جاتا ہے..... سنتوش کی تصویریں اب روم' تل ابیب' پیرس' نیویارک' لندن شکاگو اور دینا کی کئی راجدھانیوں ، ے میوزیموں اور آرٹ گیلریوں میں فخر سے دکھائی جاتی ہے۔ سنتوش جس قدر سیدھا سادا اور غیر متاثر کُن نظر آتا ہے وہ اسی قدر عظیم ہے۔ اس کی عظمت صرف اس کے فن میں ہی ہیں اس کی زندگی کے ہر پہلو میں نمایاں ہے۔ وہ اپنے کم تر اور کم رتبہ لوگوں میں ایسے گھل مِل جاتا ہے جیسے دودھ میں کھانڈ..... سنتوش رنگوں کا بادشاہ ہی نہیں اُن کا شیدائی بھی ہے۔ رنگوں سے اسے بے پناہ پیار ہے سنتوش عظیم فن کار ہونے کے باوجود ایک انسان ہیں۔ انسانوں کی طرح اس میں بھی چھوٹی چھوٹی خامیاں ہیں۔ جو اُن کے حُسن کو اور زیادہ دلکش بناتی ہے۔''

سونچس ستی آور تھاوان سنتوشن اگر پننہِ زندگی منز عروج وُچھ تہٕ عزت پڑاوو سو اُس تس پننہٕ محنت، شرافت، سخاوت، تہٕ دِلُک وُسجار حالانکہِ شمیم احمد شمیم چھ ہفتہٕ وار اخبار آیئن نس منز۔ 1947ء پتہٕ ییلہِ ییتہِ کلچرل تحریک چلے یہِ اتھ ژاے تمہِ وزِ مختلف فرقہٕ پرست لوٗکھ یِمو اَتھ تحریکہِ تیوٗت زخ واتنوو اَز چھِ تم تمیک بُرٕ اثرات پراوان کشمیر کلچرل فرنٹ کلچرل کانگرس تہٕ کلچرل کانفرنس یمن تنظیمن منز سنتوش یوان گژھان اوس پننہِ مصوّری ستی ستی شاعری تہِ بوزناوان مگر تس اُس تھوٚد ڈٕژو کرنٕچ کل نہ کوٚر سُہ سکوٗل آف ڈِزائن کلچرل اکیڈمی نارتھ زون کلچرل سینٹر یا بییہِ کُنہِ اِدارن بند اکہِ وقتہٕ کوٚر کھ تس لِلت کلا اکیڈمی ہنز سیکٹری تہٕ صدرٕ سُند عہد پیش مگر تُمی کوٚر صرف پننہِ مصوّری ہُندے بتہٕ کھیوٚن قبوٗل۔ سنتوش صأبس منز اوس یہِ جذبہٕ کہِ اگر تِمس ذأتی دُشمن تہِ مصوّری متعلق زأنکاری حأصل کرنہ یِوان اوس سُہ اوس تس مصوِری ہندیو تمام رموٗز و ستی آشنا کران تہٕ بییہِ اوسُس پرتھ کُنہِ قسمُک مدد کران سُہ کونہٕ آسہے سوم ناتھ بٹ یا اعجاز ملک غرض کہِ بزرگ مصوِرو پیٹھہِ لوکٹین فنکارن تام مگر سنتوشش خلاف آیہِ وقتہٕ وقتہٕ سازشہِ کرنہٕ تتھ منز اُسی نہٕ بٹے یأتی بلکہِ اُسی کینٛہہ مسلمان تہٕ شأمل۔

1966ء ہندس ترٛیمس ہفتس منز آو ہندوستانٕک مشہوٗر تہٕ معرٛوف مصوِر ام۔ ایف حُسین (مقبول فِدا حُسین) اکیڈمی ہندِس سالانہٕ مصوٗری ہندِ نمأیشہِ خاطرٕ تصویرٕ ژارنہٕ تہٕ انعامہٕ دِنہٕ باپتھ سرینگر۔ اَمہِ وقتہٕ اوسس یہٕ ایکزِبشن آفیسر سنزِ حشیت کأم کران۔ حُسین صأبنہِ خأطرٕ اوس مےٚ براڈوے ہوٹلس منز روزنٕک انتظام کوٚرمُت اگر چہِ اَمہِ برٛونٛٹھ یا اَمہِ پتہٕ حُسین صأب کٔشیرِ ذأتی یا سرکأری طور یی ہے سُہ اوس مےٚ ہوٹل بُک کرنہٕ یا کانٛہہ چیز ہینہٕ موکھہٕ دِلہِ یا بمبئی پیٹھہٕ ٹیلیفونس پیٹھ اَطلاع کران سُہ اوس کُنہِ ساتہٕ شاندار پلو لأگتھ ننہٕ ووٚرے سرینگر چہن سڑکن پیٹھ پھیران تھوران وارِیاہ ذأنی کار آسی مےٚ أمی سُند حال ؤچھتھ پرژھان ہے یہٕ کُس سا پاگل چُھ مگر ونہِ ہوکھ کیا تکیازِ یُس یَس زانہِ سُہ تس مانہِ مےٚ چھُنہٕ یہِ وُنُن کہ مےٚ کمن کمنٕ عظیم مصوِرن، موسیقارن، ادیبن تہٕ شأعرن ستی اکیڈمی ہندِ وساعت زان پہچھان یا دوستی گٔمژ چھےٚ بلکہ چھ یتھ سنتوش صأبنہِ شخصیت متعلق اکہِ واقعچ ذِکر کرٕنی ضروٗری۔

ہندوستانٕک مشہوٗر مصوِر ام۔ ایف حُسین (فِدا محمد حُسین) اوس کٔشیرِ گاہے ذأتی خرچس پیٹھ نتہٕ بحشیت سرکأری مہمان

یوان تِمی مون نہٕ زانٛہہ تہٕ کشمیر آرٹس کمپس منز شمولیت کرٕنی تِکیازِ لتس اوس باسان رٕنٛس اکیسے جایہِ روزُن گوٚ پٔژن پان قادس منز تھاوُن تِمس اوس کھورن زن سیم آب لارِتھ گوڈنچہِ لٹہِ 20 اکتوبر 1960ء ییلہِ حُسین تہٕ کے۔ ایس کلکرنی فسٹ آل اِنڈیا پینٹنگ ایکزِبشنس منز بحیثیت ممبر جِجنگ کمیٹی کشیرِ آو تمہِ پتہٕ آو سُہ 1966ء منز بحیثیت جج تِمس أس اصلی 79 تصوِیرو منز جان تصوِیر ژارنہِ تہٕ بیٛیہ أکس ژأری ہتیو تصوِیرو منز تقریباً نو 9 انعامہٕ دِنی مگر اَمے دوہہ اَنہِ ترلوک کولن تہٕ پی۔ این کاچرو صأبن پننہِ ستھ 7 تصوِیر یم بہ حُکم سکٹری مجبوٗر کوٚرہس فہرستس منز درج کرنہٕ باپتھ تِکیازِ تصوِیرٕ رٹہٕ نکھ وقت اوس زٕ رٕتھ برونٹھ ختم سپُد مُت۔ حُسین صأبن ییلہِ انعامہٕ دِنٛک فأصلہٕ کوٚرتھ منز اوسنہٕ دیانت دأری ہُند کانٛہہ تہِ عنصر موٚجوٗد اَتھ منز دیُت تِمی ترلوک کولس دوٚیم انعامہ (Lake life 34"×24" oil on canvass) تہٕ تریٚیم انعامہٕ دِیوٗتن پی۔ این کاچرو صأبس (Composition in Grey 40" X 28" oil on canvass) شایہِ أسی یمن پتہٕ کہِ اَتھ مقابلس منز آسہِ غلام رسول سنتوش صأبن تہٕ حصہ نیوٚمُت مگر تِمس اوس وارِیاہ کال گوٚمُت ریأستی مصوٚری ہندس مقابلس منز شمولیت نہ کرنس اکہِ دوہہ ییلہِ مے

تس پروژھ تصویر سوز تورِ دۆ پن مے چھنہٕ حصّہٕ نیُن کیٛنہہ یہ گۆ ولوکٹن مصوِرن تہٕ بیٛیہٕ سنڈے مصوِرن (Sunday painter) ہۆٹ چیرُن میانہٕ خاطرٕ چھ کُلِ کائیناتکۍ دَروازہ یلہٕ۔ کتھ اَسی کول صائبنۍ تہٕ کاچرو صائبنۍ چلان تم اَسی کالہٕ پتھٕے حُسین صائب ہوٹل۔ براڈوے لیس منز سمکھے ہتۍ سیکٹرِی صائب اَمۍ پننہٕ دھرٕچ جان فکرِ مگر خدائے سُند کرُن کہِ سنتوش اوس نہٕ اَتھ مقابلس منز شائمل سپُد مت خدا چھ بہتر کار ساز ییٛلہٕ مے شامس ہالی ووڈ ہوٹلس منز سنتوش صائب نِش اَمہ واقعچ ذکر کُرتمۍ ترو اَسُن تہٕ دۆپُن ووتھ سا برکولہٕ سن بارس منز کھو۔ لون صأب تہٕ پران کشیور واتہٕ توتے۔ بیٛا کھ اکھ واقعہٕ چھ ییٛمک تعلق فدا حُسین تہٕ سابقہ سیکٹری کلچرل اکیڈمی محمد یوٗسف ٹینگ صائب ستۍ چھ۔ اردو شیرازہ جلدٕ 28 جولائی 1989ء صفہٕ نمبر 5 پیٹھ چھ ٹینگ صائبُن مضموٗن ''فن پارے کی تکمیل اسکی موت ہے'' (ایم۔ ایف حُسین کے ساتھ ایک غیر رسمی گفتگو وقت صبح 9 بجے تاریخ منگلوار 18 مئی 1989ء مقام۔ جواہرنگر سرینگر) میانہٕ یاداشتہٕ مُطابق چھ حُسین اکیڈمی ہندس دعوتس پیٹھ کُل ترٛییہٕ 3 ژورِ 4 لٹہٕ آمُت اکھ گۆو 1960ء - 1966ء 1983- ء بیٛیہٕ چھ جون 1975ء منز کشمیر آرٹس کمپس گاندربل کشمیرس

منز بحیثیت مہمان مصوِر آمُت مگر سرینگر وأتِتھ نہٕ کرٕنی شرکت تہٕ نہٕ رٔٹنی اکیڈمی ہِنش پونسہ خدا زانان تِمس کیا اوس ذہنس منز اَتھ کمپس منز یِم مصوِرو10 دہمہِ جون 1975ء پیٹھہ 10 جولائی 1975ء تام حصہٕ نیو تِمن منز اُس کے۔ کھوسا ،اِلاپال، لکشمن شریشٹا، دھن راج بھگت، ترلوک کول، اے۔کے رینہ، تہٕ ایم ۔اے ۔ محبوٗب وغأرٕ اَمہِ پتہٕ آو مقبوٗل فِدا حُسین 1983ء منز کٔشیرِ ہیرِ کنہِ چھِ ٹینگ صأب تہٕ حُسین صأبس درمیان یُس ذکر چھ کرمُت اَتھ سِلسلس منز چھُ یہِ وَنُن ضروری کہ حُسین اوس سابقہٕ وزیر اعلےٰ فاروق عبداللہ صأبن اسمبلی تہٕ ہائیکوٹ چہِ نوہن عمارتن دیوأری تصویر(Mural) بناونہٕ خأطرِ اوٗ نمُت مگر یہِ منصوبہٕ سپُد نہٕ ممکن ٹینگ صأبس یتھ أکِس سولس دیُت حسُین صأبن یُیمہِ آیہِ جواب۔

سوال:۔ آج کل تانترک آرٹ کا چرچا ہے اور اس کے امکانات کی نئی ڈریافت ہورہی ہے''؟

جواب:۔ چھوڑیئے اس میں کُچھ نہیں رکھا۔ اس کے امکانات کب کے نچوڑ کر رکھ دیئے گیئے ہیں۔ اب ان تلوں میں تیل نہیں ہے۔ ہمارا آج کا تانترِک اِس وحشی سادھنا کے بغیر پلاسٹک کھوپڑیوں

سے ہیبت پیدا کرانا چاہتا ہے۔ جس طرح سنسکرت میں اب ماضی کے ادب کو مات نہیں کیا جاسکتا اِسی طرح تانتر میں بھی پُرانی بلندیوں کو پست نہیں کیا جاسکتا۔ یہ محاورہ اب تخلیق کا جوہر نہیں بلکہ منتر کی جاپ بن چُکا ہے۔ بے یقین اور کھوکھلا۔''

یِہ چھِ تمہِ وقتچ کتھ یِیمہِ وِزِ یِمن دۄنوٕنی سنتوشس

ستی سبٹھاہ دۄرہر اوس ریاست تہٕ بیرونی ریاستن منٛز اوس زبردس جماعت بندی چلان اکھ اَکس اَسی دستار والنچ سأزِشہِ یوان کرنہٕ اگر بوزو حُسین صأبن یم تصویرٕ پونژٕمس (5) دہلس تہٕ شیمسِ (6) دہلس منٛز بناوِ تم آسہٕ سہ سمتی (Cubeism) تورطریقس پیٹھ بناوِ نہٕ آمژ تِکیازِ اَتھ دورس منٛز اَس سأری فنکاریمن منٛز مقبوٗل فدا حُسین ایم۔ ایس۔ بیندرے، کے۔کے ہیبر تہندی بیشتر موضوع اوس ہندوستأنی قومیتھ، سامراجس خلاف جنگ، محنت کَشن ہنٛز ترجمأنی تہٕ اِفلاس دۄر کرُن تِکیازِ اَمہِ بروٚنہہ کینٛہہ کالہٕ اوس افراتفرِی ہندِس حالتس منٛز ہندوستان آزاد گوٚمُت تہٕ ترقی پسند تحریک اَس زورن پیٹھ اَمہِ نِش روٗدنہٕ کانٛہہ تہٕ، ہندوستأنی مصوِر ادیب تہٕ دأنشور مُچھہِ اَتھ اثرس تحت بناوِ حُسین صأبن تہٕ بیندرے ین ، سنتوشن، ہیبرن تہٕ بیٚیہِ ابنگال کیو

بأغی مصوّرو تم تصویرٕ یٚمیک موضوع سیدِ سیوٚد عوامس سٕتۍ وابستہٕ أسی مِثال حُسین صأبُنۍ (Painting) سُہ تصّویر یٚمیُک ناو کشمکش[1] (Struggle) بیندرے صأبنہٕ تہٕ کے۔ خیبر صأبنہِ وارِیاہ تصّویرٕ چھےٚ اَتھ موضوٗعس پیٹھ یمو منٛز اکھ تصّویر شکأرٕ (Boat) تہٕ لوڑ (Load) کلچرل اکیڈمی منٛز موٗجوٗد چھِ۔

سنتوش صأبن (1951-1960) اَمے زمانٕچ تصّویر یٚمیُک ناو اَمُن (Peace) تہٕ بییٚہ اَمہِ برونٛٹھم تصّویر موج تہٕ بچہ (Mother and Child) یتھ منٛز مُفلسی، غربتھ، ماجہِ ہُنٛد محبت تہٕ انچۍ وکالت چھِ آمٕژ کرنہٕ 1957ء منٛز میول سنتوش اَمُن (Peace) تصّویرِ پیٹھ۔ للت کلا اکیڈمی طرفہِ گوڈنیوٚک انعامہٕ ساس روپیہٕ Rs1000 اگر حُسین صأبُن یہِ وُنن صحی چُھ تانترِک آرٹ چُھ اکھ شوبدہ بأزی تیلہِ ہکو تم سأرے تصّویرٕ یمہٕ اوٚتھمہِ دہلہِ پیٹھہٕ

[1] یہِ واٹرکلر (آبی رنگ تصّویر چھےٚ حسین صأبس کشیٖر منٛز 1960ء کس ابتداہس منٛز بنأومٕژ یتھ منٛز زٕ زنانہٕ زٕ الگ الگ ناوٕ یوٚتھ لانٛچ کوٗشش چھ کران یہِ تصّویر چھےٚ کلچرل اکیڈمی منٛز موجوٗد حُسین زاو 17 ستمبر 1915ء شولہ پوٗر مہاراشٹرس منٛز اَمی فنکارن کٔر گرا ٹیلر ماسٹری ،شأعری، تہٕ اُخرس پیٹھ ووت مصّوری ہندس دُنیِ یاہس منٛز شولہٕ ماران۔ ازکل چُھ وارِہو فرقہٕ پرست جماعتو حُسین مختلف عدالتن منٛز آورۍ ہتۍ۔

(1980 تا 2001 ) ونیک تام تٔمی بناوِ ءمژ چھےٚ یا ہندو دیو مالا تصّویرن ستۍ رِگندان چُھ سو تہٕ چھِ اکھ شوبدہ بأزی یہٕ چُھس نہٕ بہٕ ونان بلکہِ چھ، ہندوستانس منز واریاہن نقادن ہنز رائے ییہے۔ سیتا (Sita) یا دروپتی یا مختلف دیوی تہٕ دیوتاہن ہنز تصویر ننگہٕ صوٗرتس منز بناوُنہِ اوس حُسین صأبن تانترِک آرٹس کُن پکنُک اکھ طریقہٕ یتھ منز نہٕ سُہ کامیاب سپُد تِکیازِ شیو فلسفہٕ تہٕ تانترا عمل أس لتس نِش سبٹھاہ دوٗر یوہے وجہ چُھ کہِ حُسین صأبن کوٗر تانترک مصوِر سنتوشش پٹھ اکھ بےٚ معنی حملہٕ اتھ سِلسلس منز چُھ ییتیتھ اَیج۔ ایس رضا سُند وُنن صحی '' بہٕ چُھس یہٕ زانان کہِ تانترک فلسفہٕ چُھ وارِیاہ مُشکل اَمہِ کِنہٕ رموٗزن، رِیواجن ، رسمن تہٕ پڑھہِ پٹھ چُھنہٕ مےٚ تیوت عبوٗر کینٛہہ وز اگر بہٕ بندو (Bindu) تہٕ چکور (Square) میانٛہن اکثر تصّویرن منز چھَ لبنہٕ یِوان اگر بہٕ تِمن بندو (Bindu) سُوریا (Sourya) یا زمینی (Zamine) ونہٕ تمیُک مطلب گوٚونہٕ زِ بہٕ چُھس تانترِک مصوِر۔[1]

[1] سیّد حیدر رضا زاو 1922ء منز بریا (Babaria M.P) مدھیا پردیش ازکل چُھ فرانس منز روزان 1947ء منز اوس یہٕ اکھ ترقی پسند مصوِر اَتھ وقتس منز رود کٔشیرِ منز مصوِری تہٕ ترقی پسند پروپگنڈا کران أمِس پیٹھ چھ، ڈاکٹر گیتی سین (Dr. Geeti Sen) ہنز کِتاب ''رضا'' چھاپ 1990ء للت کلا اکیڈمی نئی دہلی

سنتوشنہِ شرافتُک تہٕ اصوٗل پرستی ہُنٛد ثبوٗت چھُ سُہ انٹرویو (Interview) یُس ''آج کل'' جلدٕ نمبر 30 شمارٕ نمبر 7 فروری 1972ء منز ٲمی یمن دۄن بزرگ مصوِرن اُستاد آسنُک اعتراف کۆرمُت چھُ۔

مقبوٗل فدا حُسین صاٲبس متعلق چھُ ونان:

''1950ء کے آس پاس مُجھے پینٹنگ کی تحریک ہوئی۔ حُسن کی (Figurative) تصّویرے مجھے بے حد اچھی لگی تھی۔ کچھ اثر میں نے پکا سوسے لیا۔ سچ پوٗچھیے تو میں نے اپنے کسی فن میں خواہ دُہ مصّوِری ہو ناول نِگاری یا شاعری ہو باہر سے کوئی اثرنہیں لیا۔ میرا رُخ ہمیشہ اپنی ثقافتی وِرثے کی طرح رہا۔ میری اپنی تہذیب ہی میرے لئے تشویش کا باعث بنی ہے۔ میں ہمیشہ ہندوستانی فلسفے سے متاثر ہوا ہوں۔ میں نے اِستفادہ ہمیشہ اپنے ماحول سے کیا ہے۔ میں نے کیوٗبس ٹِک (Cubistic) اور ایبسٹر یکٹ(Abstract) انداز کی تصّویریں بھی بنائی ہے۔ مصّوِری کے جدید رُجحان تانترِک کا مُجھے پیشرو کہاجاتا ہے۔ یہِ ہندوستانی آرٹ میں فی الواقع ایک نایاب ہے یہ رُجحان اِدھر برابر مقبوٗل رہا ہے۔ نئے مصّوِروکو متاثر کر رہا ہے۔

اِدھر متعدد مصوِرو نے اس اندازِ مصوّری کو اپنایا ہے ۔جو میرے ذہن کے بے حد قریب ہے۔ اس کے مظاہر کا اظہارِ نقوش علامتوں اور رنگوں کی شکل میں میری حالیہ پینٹنگز (Paintings) میں ہوا ہے۔''

أتھی انٹرویؤ وس منز چھ سنتوش صأب مصوِر سیّد حیدر رضا صأبس متعلق یمن کتھن ہنز باوتھ کران:

''مصوّر سیّد حیدر رضا جو ان دنوں پیرس میں مقیم ہیں، مُجھے ہی نہیں کشمیر کے بیشتر مصوّروں کو ایک نئ راہ دکھانے اور ایک نئ منزل سے روشناس کرانے کا باعث بنے ہیں۔رضا کشمیر کی مصوّری کے لیے کشمیر آئے تھے۔اُن کے اثر سے وادی کے مصوّروں کی تخلیقی سرگرمیاں تیز ہو گئ تھیں۔ اُن میں ایک القبا دپیدا ہو گیا تھا۔ ترقی پسند مصوّر و ں،اور مصنفوں کی انجمنیں بنیں48-1947 میں موسیقاروں نے ایک کلچرل محاز بنایا ۔سوم ناتھ کھوسا ،ترلوک کول۔ پرتھوی ناتھ کاچرو جیسے مصوّر اس محاز سے وابستہ تھے۔پھر کلچرل کانگرس کا قیام عمل میں آیا۔جہاں تک مصوّری اور مصوّروں کا تعلق ہے اُسے کمیونزم کی تبلیغ کا ذریعہ نہیں بنایا گیا۔''

یمن دون شخصیاتن متعلق سنتوش صأبن کیا وۅن سُہ

ہیٚکہ اکھ بےٚ باکھ بے خوف اِنسان وُنتھ ییمس پانس پیٹھ اعتماد آسہِ ۔ووں گوٚ و کلچرل محاذ، کلچرل کانفرنس یا کلچرل کانگرس اتھ متعلق چھُ مےٚ یتھ مضموٗنس منز ذِکر کرُن۔ سنتوش صأبن یہ ونُن چھُنہٕ صحی کہ یم تنظیمہٕ کیا آسہٕ نہٕ کمیونزمکُ تبلیغ کران۔ییمہِ وقتہٕ یمن تنظیمن ہنزِ کارکردگی پیٹھ نظر چھِ تراوان یم چھِ شبقہٕ پأٹھی شأعری ڈراما، مصوِری تہٕ افسانہٕ نِگأری ہندِ ذریعہِ شہر شہر تہٕ گامہٕ گامہٕ گرشِتھ کیمونزمُک پرونگپنڈا کران چاہے سو دینا ناتھ نأدِم صأبنہِ نظم'' زوٗن کھٔش ژوٗٹ ہِش'' رحمان راہی سنٛز نظم '' رفگر تہٕ ویشاکھ'' سوم ناتھ زُتشی امیں کأمِل ، اختر محی الدین، حبیب کامران، عبدالعزیز ھارون، علی محمد لون تہٕ نوٗر محمد روشن سنٛد ڈرامہٕ یا غلام رسول سنتوشنی تصویر'' موج تہٕ بچہٕ( Mother and Child) ۔ امنٛک کوتُر یا اُمن (Peace) ییمن سارنےٚ فن پارن منز چھُ فنکار کارل مارکس سندس فلسفس أندی أندی نژان تہٕ ورتاوان یہِ چھِ حقیقت کہ ہندوستانٕکِس فنون تطیفس منز یُس تانترک آرٹ سنتوشن پھہلاو یا ونو بنٛیاد تراونس تتھ پیٹھ کٔری ہندوستانکیو بڈیو بڈیو مصوِرو عمل تہٕ تقلید ییمن منز برنڈے، انل کرنچے، رام کمار، بمل داس گُپتا، وی ویشوناتھن، رام چندرن وغأرِہ قأبلِ ذکر چھِ۔ کٔشیرِ منز ییمو

مصّوِرو اَتھ تانترِک آرٹس تقلید کٔرتھمن منٛز چھِ مہاراج کرشن بٹ، شین کرشن کاو، اے۔آر جان، غیور حُسین، شجا سُلطان وغأرِہ۔ مگر یمن منٛز گۄو نہٕ کانٛہہ تہِ آرٹس یہِ فن برونٛٹھ پکناونس منٛز کامیاب۔ یمن منٛز کوٗر کینٛژو سرایل اَزم (Surrealism)، دادازم (Dadaism)، ام پرشن اِزم (Impressionism) ایکس پرشن اِزم (Experessionism) سہ سمتی (Cubeism) یا ایبسٹریکٹ (Abstract) تہٕ باقی تحریکن پٹھ کأم مگر اَند واتٕھ نہٕ کینٛہہ اگرچہِ اَتھ منٛز ازکل چھ آر شجاع سُلطان، ایم۔اے محبٔوب تہٕ غیوٗر حسن باضأبطہِ کأم چھ کران باقی چھِ سنڈے پینٹر (Sunday painter) بیاکھ اکھ مصّوِر یُس پرانیو بیرونی مصّوِرو منظر کٔشی پٹھ کأم کٔرمٕژ چھےٚ تمیُک سید سیوٚد نقل کٔرِتھ صرف روپیہِ جمع کرنٕچ فِکر تہٕ ذکرکران چھ مگر بوٚڈ بارٕ مصّوِر آسنُک باس دِوان۔ باقی مصّوِر یمن منٛز ایم۔اے محبٔوب حُسین، ظہوٗر زرگر، شبیر سنتوش، وسیم وانی، شفیع چمن، اعجاز ملک، بوٗشن کول، نثار عزیز، اے۔کے رینہ وغأرِہ جمع کُنہِ حدس تام اِنفرأدیت قأیم چھ تھأوِمٕژ۔ اگر حقیقت وُچھو أزیُک مصّوِر نہ چھُ کشمکش نہ محنت نہ سماجکین مسائلن سنان بلکہِ چھِ پننٮ۪ن کینٛہن بزرگ مصّوِرن ہندی پأٹھی سرکأری نوکری نالہِ متہِ رٔٹمٕژ تہٕ رنگہِ

ستۍ شٲٹھے ہٕتۍ بُرشی طاکھچین پیٹھ ڈولان۔ اَتھ سِلسِلس منز چھِ کینٛہہ تِم مصوٗر یمو کٔشیرِ نبر مشہوٗر سپدۍ اَتھ منز چھےٚ کے۔کے۔کھوسا، ڈاکٹر رتن پارِمو، بنسی پارِمو، (اَمِس مصوٗرس اگر نہٕ سیاست تہٕ گرچھِ پریشانی آورِہن یہ ہیٚکہ ہے اکھ جان مصوٗر بنٕتھ) ییٚمہِ وقتہٕ تہِ سانہٕ مصوٗرو ہندوستانکین مختلف شہرن منز مصوٗری ہنز نمأیشہِ کرِ چاہے تِم اجتماعی یا انفرادی آسہ تِمہ گیہ سبٹھاہ مشہوٗر اَتھ سِلسِلس منز کرٕ بہٕ ہندوستانکس مشہوٗر تہٕ معروف تمدُنی تہٕ تہذیبی شہر کلکتہ (مغربی بنگالس)منز شایع سپدن وول اخبار بزنس سٹنڈاڈ (Business standard) مورخہ 19 فروری 1978ء ذِکر ییٚمی کٔشمیر آرٹ کہِ عنوانہٕ لِکھان چھُ۔

''وِنیٚگ تامتھ چھ، بنگالن کٔشیرِ ہنٛز خوٗبصورت فنکاری، شالن، ڈوٗن ہچہِ کأم ،پیپر ماشی قالین بأفی یوسہٕ پننہِ آسنہٕ ستۍ دُنیاہس منز مشہوٗر چھےٚ مگر اَزی چہِ لبٕہِ چھِ کلکتہ ہس منز کٔشیرِ ہندین ہم عصر مصوٗرن ہنز کأم وُچھنُک موقعہٕ فراہم سپدان یتھ نمأیشہِ منز چھَ کٔشیرِ ہندی بلند پایہٕ مصوٗرن یمن منز غلام رسول سنتوش یُس ہندوستأنی مصوٗری منز نامدار تہٕ مشہوٗر شخصیت چھےٚ۔ مگر ستۍ چھ، ترلوک کولنٛ ایبسٹریکٹ تصوٗیرِ (Abstract painting) منز رنگن ہنز شگفتگی تہٕ دأنِشورانہٕ جذبٕچ یکوٹہٕ

رلاوِنچ کوٗشش جان باسان ۔ یتھ نمأیشہِ منز چھے مےٚ روٗحانی رُجحان باسان خبر ریاستکۍ مصوّر کیاز چھنہٕ قدر کمِن منظرن تہٕ رنگن ہُنٛد استعمال کران یتھ نمأیشہِ منز چھِ کینٛہہ تانترِک تصویرٕ یِم مُنأسِب تہٕ ہم آہنگ ہیت ستی بناونہٕ آمژ چھےٚ سنتوشنۍ تانترِک تصویر یوسہٕ شہرت یافتہ یتھ منز رٕژلکیرٕ خوشوٗن رنگ خوش کرٕونی ترتیب چھُ تس اکھ مأہر تہٕ فنکارانہٕ مصوّرِ پٲٹھۍ دُنیا ہس منز مشہوٗر کران ۔ مگر تمۍ سندہن تصویرن منز کوتاہ تنتر چھُ مےٚ چھُ شک کہِ یِنہٕ وأتلس زمانس منز یِم تہِ تانترک حرکات وسکنات چھِ ہیکہِ نا رنگو ستی کنواسس پیٹھ پٔنُن انہار پرأوِتھ ۔"

1970ء تا 1980ء تام أسۍ ہندوستانکہن فنی نقادن (Art critics) ہنز یہ ہے رائے کہِ مغربی نظریہِ مصوّری ہیکہِ نہٕ ہندوستأنۍ فلسفی مصوّری برونٛٹھ پکِتھ حالانکہِ ہندوستأنی تانترک مصوّری منز یِم تہِ مصوّر کأم أس کران تِمن منز چھِ غلام رسول سنتوش ۔ برنڈے، رام کمار، کے ۔ سی پانِکر، رام چندرن، بِمل داس گپتا، وی ۔ وشوناتھن، شانتی دوے، اوم پرکاش، ایم ممتانی، پرفُل موہنتی وغأرہ یہِ سپد ثأبتھ اَتھ طرزِ فنس یُس عروج سنتوش صأبن 1966ء پیٹھہٕ تا فروری 1997 تام دِژ سُہ چھُ ہندوستأنی مصوّرِ ہنز تأریخ منز

سونہٕ سندِ حرفو ستیٚ لکھُن لایق حالانکہِ یم تہٕ تواریخ لکھنہٕ آے تِمن منز چھےٚ پرتھ کانسہِ مورخن أمی سندِ فنُک تہٕ طرزِ مصوِری پتھ رتبن لفظن منز تحریر کوٚرمُت۔ سنتوش چھُ جدید تانترک مصوِری ہُند (Neo-Tantric) پیشرو تہٕ علم بردار قرار دِنہٕ آمُت۔ کلکتہٕ کِس أمس نقادسٕنز پیشن گوٗئی گٔر سنتوش صأبن بہ یک قلم رَد۔ ییٚہِ دِتُن یہِ ثأبت گٔرِتھ کہِ شیواِزم تہٕ تانترک فلسفہٕ چھُ برِ صغیرس منز گوڈنیُک فلسفہ۔ شیو فلسفُک کأشُر روپ چھُ ترِکانہٕ تہٕ امیُک عوأمی روپ چھُ تنترٕ۔ تنترٕ چھ عام لوٗکن ہند عمل ہند ہرتر۔ یہِ فلسفہٕ چھ آدم سندِ بن تجربن اندرونی تہٕ بیرونی تجربن ہندزانکأری چھ کران۔ أتہِ چھ ترٚیہ حصہِ:

1 منتر: چھ پرتھ وزِیر ستیٚ انسانس پتھ رُت اثر تراوان۔

2 تنتر: چھ انسانن بیرونی تہٕ اندرونی فلسفی زانکأری کران۔

3 ینتر: امہِ ستیٚ چھ انسان پننہٕ تہٕ دُنی یہکی دکھ تہٕ دأدی وغأرہ دوٗر کران ہندوستأنی مصوِری منز چھہِ سنتوشنی اکھ تصوٚیر (Painging)(Untiled)[1] یتھ منز انسأنی جسمُک أندرِم ستھ چکر (پدم) یمن ہندی ناو یتھ پأٹھی چھہِ۔

1. Untitled Aerylic Courtesy Dhoomi Mal Arts Gallery. New Delhi Printed in the Book Contemporary Art in India By P.N.Mango.

1- چتُر ڈٕل پدَم (آدھار چکر)

2- شٹ ڈٕل پدَم (سوادِھشٹھان)

3- دَشدَ پدَم (منی پورک چکر)

4- دۏادشدَل پدَم (اَناہَت چکر)

5- شوڈ شادَل پدَم (وِشُدھا کھیہ چکَر)

6- دِودَل پدَم (پراگینا کھیہٕ چکر)

7- سہتر دَل پدَم (شۄنیہ چکر)

سنتوشس اَسی کُنڈٕلنی فلسفس ہندِس عملی تجرُبس پیٹھ زبردس ذأنکأرِی اَتھ تصویرِ منز چھ تِکونس پیٹھ شٹ کۄن تہٕ اَمہ منزٕ نارٕ برہبہ نیران تہٕ اَمِہ پیٹھہٕ سبزدأریس منز گردنہِ پیٹھہٕ کلہٕ گردنہِ منز چھس زٕ رۄدٕ پھٔلی نألی کلس أندی أندی چھِس ستھ گول دأیرو منزٕ کرٛوہن تہٕ چھۄت گولأیِ رنگچہِ لہرٕ ییٚمک یہِ مطلب گۄو کہ سہتر دَل پدَم منز چھُ سأری پدَم شۄیس منز پنُن آکار دِوان۔

کنڈٕلنی چھےٚ سنسکرت زبانہِ ہُند. لفظ ییٚمک علمی معنی آری یوسہٕ سرپھہ سندی پأٹھی یا ناگنی پأٹھی گول آیہِ ؤنتھ چھِ آسان کنڈٕلنی چھِ سنسکرت تہ ویدک کِتابن منز ییٚمہ آیہِ تشریح کرنہٕ آمٕژ

شۆنگتھ سُر پھ (یُس پٹُن پان گولٲیی منز وُٹھتھ شۆنگان چھُ) ربکہٕ
أڈی جہ تلہِ کنہِ یتھ عضوکس شہوتس ہتی سیٚد سیوٚد وأٹھ چھُ تہٕ یوہے
چھُ اندرِمِن ستن (7) حصن شکتی بخشان اَتھ منز چھُ سُہ طاقت پۆشیدہ
روزان مگر ظاہر چھُنہٕ سپدان اَمہِ مۆجۆدگی ہُند احساس چھ مرد کھۆ زنانہِ
ہندِس شہوتس اکھ جہار بخشان۔ اَمہِ ہتی چھُ اکھ عاری فانہٕ بصارتھ تہٕ
عاری فانہٕ قوتس منز اَضافہٕ گژھان اَمہِ علمہٕ ہتی چھِ بقولِ کنڈلنی عالم
شٕہن طرفن ہُند پتہٕ لگان۔ اَمے چھُ امیُک زیادہ دارمدار شٹہِ کۆنس
پیٹھ۔ سنتوش صأبس اوس یمن چیزن ہُند پۆر علم سُہ اوس منز منزٕ لکھمن
جُو تہٕ پنڈت گوپی کرشن نشہِ گژھان بعض اوقات اوس سنتوش صاب
مےٚ تہِ اِشبر نِشاط عاشرَمس یا کرٛانگر عاشرَمس منز نِوان۔ بہٕ اوسُس
نبرٕ کنہِ یمن جاین پیاران تِکیاز یم زأوِی جہِ کتھہٕ آسنہٕ مےٚ شیٚمس
دٕہلس منز فِکرِ تران بہٕ اوسُس اکثرٕتس ونان زِ بہ گوس بور تراوس۔ تورٕ
ژوپہٕ گرِتھ برونٹھ پکنچ کۆشش کران یہِ موضوٗع چھُ سٹھاہ طویل تِکیاز
اتھ موضوٗعس پیٹھ چھِ ساسہٕ بۆ دۆری بو پیٹھٕ یعنی واسو گپتا سندِ پیٹھہٕ
گوپی کرشنا ہس تام وارِیاہ وضاحتی کتاب لیکھنہٕ آمٕژ اَتھ موضوٗعس پیٹھ
چھ سنتوش صأبن تہِ وارِیاہ مضمۆن لیٚکھی ہتی مگر موتن دیُتس نہٕ ساتھ تمٕی

چھُ یہ فلسفہٕ پنٕنہِ شأعری، افسانہٕ ناول (شیو تہٕ شکتی) بحرِ طویل ہشن نظمن منز وہرٕ ھناوٕمتی اَتھ سلسلس منز اوس تٔمی اکھ طویل مضموٗن (110) أکس ہتس تہٕ دٔہن صفن پیٹھ یہٕ عنوانِ ابہٕ تہٕ میون تخلیقی سفر'' 1994ء منز کلچرل اکیڈمی ہندِس سون ادب رِکس ایڈیٹرس چھاپنہٕ خأطرٕ سوزمُت مگر تٔمی کوٚرنس کأنٹھی چھأنٹھی تہٕ چھپوون 25 صفن پیٹھ یہِ کتھ ؤنی مےٚ سنتوش صأبن دِلہٕ منز ستی وۄنم باقی صفہٕ کوٚت گئیہِ ییٚلہِ مےٚ امکس ایڈیٹرس پرٛوژھ تٔمی دۄپنم تمہ گئیہ غأب 1997ء منز ییٚلہِ سنتوش مۄد سُہ چھُ اَمہِ مضموٗنہٕ منز رژھ رژھ کڈتھ پنہٕ ناوٕ چھپاوان۔ اگر سُہ سالم مضموٗن سنتوشنہِ ناو چھپومُت آسہے شاید پیٚیہِ ہے نہٕ وارِیاہن اِصطِلاحاتن تہٕ کتھن ہُند معنی مطلب ژھانڈُن۔ میأنِس یتھ طویل مضموٗنس منز آسہِ وارِ یاہن کتھن ہُند واش نیرنے اومید چھےٚ تٔمی سنزن ادبی تخلیقاتن پیٹھ لکھنہٕ وِزِ أنزراوو تم سأری توجہ طلب نوکتہ۔ ڈاکٹر رتن پارِمُو تہٕ پی۔ اہن۔ ماگو چھُ لکھان کہ بروڈہ سکوٗل آف آرٹس منز یِم مشہوٗر مصوِر چھِ تِمن منز چھُنہٕ سنتوش صأبُن ناو کینْہہ حالانکہِ یوہے ماگو صأب چھُ پنٕنہٕ ( Contemperary Art in India ) کتابہِ منز بےٚ شمار صفن پیٹھ سنتوش صأبنہ فنکارانہ صلاحیتھ تہٕ

بیٚیہِ تمی سٕنٛزِ کامہِ منٛز شہرتھ رٕتہِ آیہِ قلم بند کران۔ وون گوٚو ڈاکٹر رتن پارمو (یُس کأشُر مصوِری منز وارِیاہس کالس کأم کرنہٕ پتہٕ کینٛہہ تہِ حاصل گوٚو نہٕ تہٕ أخر کوٚرُن آرٹ ہسٹری پرناوُنی تہٕ آرٹس پٹھ مضموٗن لِکھنٕی شروع وون گوٚو اَتھ منٛز تہِ چھنہٕ أمِس تیٚژ مہارتھ کینٛہہ یِژ ڈاکٹر سین گُپتا (Dr.Sen Gupta) گیتار کپوٗر، شنتودتا رچارڑ بھار تھومیو۔(Richard Bartholomew) ایس۔ اے کرشنن، ملک راج آنند، کیشو ملک ،پی ۔این ماگو چھ وون گوٚو سنتوشس متعلق چُھ پارمو صاب زبأنی زبأنی وارِیاہ تعریف کران۔ مگر تحریری طور چُھ ژھوپہ کرٕتھ۔ اَتھ چھ بزرگوو بہترین آیہِ وۆنمُت ۔ پنٕہ نو چھنہٕ پیغمبر تہِ مأنمتؠ ۔ مےٚ چھ باسان فیکلٹی آف فاین آرٹس ایم۔ ایس یونیورسٹی آف بروڈا ہس متعلق چُھ ضروری لِکھنِ تِکازِ أمی کالجن دِیُت سنتوش نِس اڈِ گری مدٕگری رٔژھن اکھ نوٚو زوٗ زِہتہٕ ۔ اَتھ کالجس منز گیہِ مصوِری تہٕ سنگراشی ہندی شعبہ 1950ء منٛز قایم ۔اگرچہ ہندوستانس منز ساروے بڑونہہ سکوٗل آف آرٹ فار لیڈیز و بمبیٔ 1850ء منٛز سرکار کہ طرفہ قائم کرنہٕ آو۔1953ء منٛز سَر جمشید، جی۔جی بھائی ین جے۔جے۔ سکوٗل آف آرٹ (J.J. School of Art) بمبیٔ منٛز قأیم کوٚر تہٕ

1880ء منز لاہورس منز سکوٗل آف آرٹ قایم سپُد (اَتھ سکوٗلس منز چُھ ایس۔ ابن کھوساتہٕ پی۔ ابن کاچرو تہٕ ٹی۔ ابن دَرن 1947ء برونٹھہ تعلیم حاصل کٔرمٕژ۔ 1908ء منز گوٚو سکوٗل آف آرٹ کلکتہٕ ہس منز قائیم تہٕ وہمہِ صدی ہندس گوڈٕ کالس منز کوٚرد رابندر ناتھ ٹیگورن شانتی نکیتن بنگالس منز قایم تہٕ 1913ء منز گوٚو کشیرِ اندر امرسنگھ پالی ٹیکنِک قایم 1946ء منز اوٚنُکھ یہِ سکوٗل امرسنگھ کالج گوگجہِ باغہٕ پیٹھہٕ سٹیٹ سکوٗل باغِ دِلاوار خان سرینگر مگر عوامی حکومژ ہندیو دعوا دارو کوٚر شخصی حکومژ ہند یہ ادارٕ تہِ بند۔ کیازِ؟ تہِ زانن فقط تمے۔ 1950ء کِس اٰخرس تہٕ یینہٕ والین وُریٚن منز اوس سہ سمتی (Cubism) فلسفک زبردس چرچہِ تِکیازِ ابن۔ ایس بیندرے سنٛزٕ تصویرٕ تہٕ شنکو چودھری سنٛز مجسم سازی (Sculptural work) پیٹھ تہِ اوس کیوب اِزمُک زبردس اثریمو دوشوے زنوٚ پھلاٛوو ہندوستانس منز یہ نٔوی نہج۔

بروڈا یونورسٹی منز تربیت حأصل کرنہٕ پتہٕ یِم تہِ مصوِر اَتہِ درائے تمو پراوو تیژ شہرت زِ کلکتہٕ سکوٗل آف آرٹ، مدراس سکوٗل آف آرٹ۔ جے۔جے۔سکوٗل آف آرٹ گیبہِ وارِیاہ پتھ بروڈا بنیو اکھ بوٚڈ بارہ آرٹ سینٹر۔ سٔتیمِس (7) تہٕ اٰٹھمِس (8) دہلس منز

کوٚر بروڈا گروپن للت کلا اکیڈمی[1] پتھ پوٗرہ قبضہٕ تہٕ ہندوستانٕی مصوٗری ہُند نقشہ بدلووکھ اَتھ جماعتہٕ منٛز اَسی زیادہ تر لۆکھ یِم ترقی پسند گرٛوپس تہٕ کانگریس جماعتہٕ ستی وابستہٕ اَسی۔ اَمہِ برونٛھ اوس اَتھ بنگال سکوٗل کیو مصوِرو تہٕ جے۔ جے۔ سکوٗل بمبئی ہندیو مصوِرو قبضہٕ کوٚر مُت۔ اَتھ جماعتہٕ منٛز یِمو اہم مصوِرو پننٛ رول ادا کوٚر تِمن منٛز اَس جے رام پٹیل، غلام رسول سنتوش، وِدھیارتن کھجورِیہ، کشوری کول، شنکر چودھری، ناگ جی بھائی پٹیل تہٕ بیٚیہٕ رلاوِکھ پانس ستی پی۔ ٹی ردٚی، وغیرہٕ۔ اَمی جماعتہٕ کوٚر پوٗنٛژمہِ (5) دہلہِ پتہٕ اَٹھمس (8) دہلہِ کِس اَخرس تام ہندوستانٕی مصوِری ہُند موضوع تہٕ ہیئت تبدیل تِکیازِ یِم اَسی سیٚدِ سیوٚد عوامی مسائل تہٕ ہندوستانی سنکرِتی ستی وابستہٕ۔ کمپنی طرزِ چ مصوِرِی تہٕ فرہنگی آیہِ سوچنک اَنداز بدلووکھ اگرچہِ یورپی مُلکن منٛز نۆوی نۆوی رُجحان پاٗدٕ گیہِ تتھ منٛز تہِ آزموو ہندوستانٕی مصوِرو پنٛن

---

[1] للت کلا اکیڈمی ہنٛز بُنیاد ترٲو 5 اگست 1954ء تمہِ وِزِ بھارت سرکارُک وزیرِ تعلیم جناب مولانا ابوالکلام آزادن گوڈ گوڈٕ اَس یہ اکیڈمی 1961ء تام نیشنل گیلری آف ماڈرن آرٹ بے پور ہاوس نیو دِلی منٛز کام کران۔

قسمت مگر سنتوش صأبن کوٚر شیٚمس دہلس منز (In Sixties) وو پر اَزمن کور جواب تہٕ کوٗرن کشمیر شیو اَزم تہٕ کُنڈلنی پٹھ پننہٕ مصوِری ہُنٛد نوٚو اکھ دور شروٗع۔ یٮ۪مُک یہ پیشرو بنیو وۍ سُنٛد وُنن چھ زِ تصوٚیرن ہُنٛد موضوٗع گژھہِ ہندوستانٕی آسُن اگرچہِ میڈیم(Medium) تہٕ طرزس منز مصوِرس مکمل آزأدی آسہِ سُہ ہیٚکہِ پنُن موضوٗع زیادہ موثر بناوِتھ۔ اَتھ منز کوٚر آئی فیکس(All India Crafts and Fine Art Society) تہٕ اہم رول ادا یمو چھپوو اکھ رِسالہٕ ''روپ لیکھا'' تہٕ بیٚیہٕ کریکھ ہندوستانکین مختلف شہرن منز مصوِری ہنٛز نمائیشہٕ۔ اَمہِ تحریکہِ ستی بدلے یہ مصوِری ہُنٛد روہرکان۔

سنتوش اوس بہ یک وقت مصوِر، شأعر، ناول نِگأری،افسانہٕ نِگار تہٕ ڈراما نِگار اُمۍ کٔری 1953ء اندر کأشرِ زبانہِ منز شأعری شروع اُمۍ چھِ غزل، نظم، سانیٹ، مرثیہ، واکھ، بحرِ طویل نعت تہٕ لیلا یہِ لیٚچھ ہٕژ اَتھ منز چھِ صرف غزلہ سانیٹ تہٕ نظمہٕ ''بےٚ سوکھ روح'' ناوٕچہِ کِتابہِ منز شایع سپُدمُت۔ یہِ کتاب چھپاونس کٔری اُمۍ پانٛژھ ہتھ 500روپیہِ بطور، مأ لی امداد کلچرل اکیڈمی نِش حاصِل 1979ء منز دیوٗتُکھ اَتھ کِتابِ ساہتیہ اکیڈمی نیو دہلی انعامہٕ بےٚ سوکھ روٗحس

منز چھِ صرف تم تخلیقات شأمِل یِم سنتوش صابن 1972ء تام لیۆچھ مژ چھےٚ باقی، منظوم تخلیقات چھےٚ وِنہِ چھاپ گژھنے یِمن منز چھِ شیٚن ہتن 600 واکھن پیٹھ مُشتمِل کِتاب تہِ بیٚیہِ بحرِ طویل یہِ نظم چھِ سنتوش صأبن حروف تہجی حسابہ ''الف'' پیٹھہِ ''ے'' اچھرس تام لیچھمژ أکِس أکِس اچھرس پیٹھ چھُن تقریباً 100 شعر وٲنمتی یِم لگ بھگ 2600 اشعار واتان چھِ۔ اَمہِ علاوہ چھِ ہتہِ بُدی غزلہِ سانیٹ، رُباعی بیٚیہِ اکھ زِیوٗٹھ نظم شہرِ آشوب چھِ۔

سنتوشن چھِ اکھ کأشرِ ناولِ شیو شکتی موضوعس پیٹھ لیچھمژ یوسہِ وِنہِ اَچھاپے چھِ کأشرِس منز چھِ تِمو وارِیاہ ریڈیو (Radio) سٹیج ڈراما تہِ اوپیرا لیکھمتی یِمن منز حسرت صأب، بُت تہِ بلڈوزر، اکہِ ننڈُن، گُلریز بیترِ چھِ نثری ادبک تعلُق یوٚ تام چھُ سنتوشن چھِ تقریباً 50 افسانہِ تہِ مُختلف ادبن ہندی خولہِ خط تہِ لیکھمتی کأشرِ زبانہِ علاوہ چھےٚ غلام رسول سنتوشن اردو زبانہِ منز علی محمد لون صابنہِ اشتعال دِنہِ پتہ ''سمندر پیاسا ہے'' ناول تہِ اردو افسانہِ لیکھمتی۔ (یِم افسانہِ چھِ چھپے متی مشہوٗر ماہوار رِسالہِ بیسوی صدی منز یِمک ایڈیٹر خوشتر گرامی اوس) بیٚیہِ وارِیاہن اردو رِسالن منز چھاپ گٲمتی چھِ۔) 1953ء پیٹھہِ

چھِ اٲمؠ سٕنٛز کاشُر تخلیقات مُختلف رِسالن تہٕ سوٚمبرنن منٛز شایع گمتؠ۔ سمندر پیاسا ناول چھےٚ اکھ نیم ادبی، تہٕ مصوٚرؠ ہندٮ۪ن واقعاتن پیٹھ مبنی یہِ ناول چھِ سنتوش صأبن تمہِ وِزِ لیچھمُت یمہِ وقتہٕ ٹنگمر گہِ ہندس ٹی۔بی سینٹوریم ہسپتالس کأشر تہٕ اردو زبانہِ ہندی کینٛہہ شاعر تہٕ ادیب یمن منٛز راہی معصوم رضا ( یہِ اوس ترقی پسند اردوشاعر پتہٕ گوٚو یہِ فلمی دنیاہس سٟتؠ وابستہٕ بحثیت کہانی کار تہٕ مکالہِ نِگار، کینٛہہ ؤری برونٛٹھ گوٚو بمبئی منٛز ییٚمہِ عالمہ۔) کمال احمد صدیقی ( یہِ اوس اردو زبانہِ ہُنٛد شأعر ساری ہے و أنسہِ روٗد ریڈیو کشمیرس سٟتؠ وابستہٕ از کل چھُ دِلہِ روزان۔) چمن لال چمن (کأشرِ زبانہِ ہُنٛد اکھ جان شأعر ریأستی کلچرل اکیڈمی منٛزٕ گری اٲمؠ بحثیت ایڈیٹر کأم اَز برونٛٹھ داہ 10 ؤری گوٚو جوٗمس منٛز سورگواس۔) پدما سچہِ دیو ( چھےٚ ڈوٚگری زبانہِ ہنٛز اکھ اہم شأعر أمِس روز کشیرِ ہنٛدِس ادبی دنیاہس سٟتؠ زبردس وابستگی ازکل چھِ دہلی منٛز روزان۔) بیٚیہِ أسؠ اَتھ سینٹوریمس منٛز مِس کشوری کول[1] یوٚسہٕ مصوِری ہندس دنیاہس منٛز اکھ اہم مقام چھِ تھاوان۔ژکہِ چھِ یہِ اکہ

---

[1] کِشوری کول چھےٚ حبہ کدلہٕ 1935 ہٕ منٛز زامٕژ اٲمؠ سُند بُڈٕ بب اوس اکھ مشہوٗر مصوِر تہٕ موٚرژ گر نارائن کول۔ کِشوری کوٗر بروڈاہس منٛز مصوِدری ہنٛز تعلیم غلام رسول سنتوشس تہٕ ترلوک کولس کِرلوٗر حاصِل۔ اَز کل چھےٚ 13 بابر لین بنگالی مارکیٹ نئی دہلی منٛز روزان۔



صدر جمہوریہ ہند گیانی ذیل سنگھ، جی۔ آر۔ سنتوش، کلہن ایوارڈ

فلم مائزرات، سنتوش ہمراہ پران کشور

عشقیہ تہٕ نیم توأریخی داستان ۔ اَتھ ناولہِ منز چھِ سنتوش تمہٕ سارے کتھہٕ باوٕمژٕ یتھ منز ٹنگمرگہِ، زأنہٕ کٔدلُک پلسہٕ تھانہ، بروڈا جوٗم، مسوری تہٕ چنکرال محلچ داستان چھِ اَتھ متعلق چُھ سنتوش صأب لکھان۔"

بروڈاہن دیٛتُ مےٚ موضوع سمندر پیاسا ہے ناولہِ ہُنٛد مرکزی کِردار اَمہِ ناولہِ ہُنٛد کردار چُھ کِشوری کول مُصوِریُس ناولہِ منز شکنُت ناو چُھ۔ یہِ ناول لیٚچھ مےٚ ضِدن۔ اکہِ دوہہ پریمیم ہوٹلس منز چوان وۄتھ مےٚ مرحوم علی محمد لون ژٕہ ہشکھ نہٕ اُردو پأٹھی لیٚکھتھ۔ مےٚ تہٕ دأیرٕ زِبہٕ ہاوس لیٚکھِتھ۔ ناولہِ ہُنٛد مرکزی کردار شکنُت چُھ مُصوِر آسان۔ درحقیقتھ چُھ تس لوکچارے تپ دق آسان یُس أہنٛزِ ووتھہٕ ونہِ جوأنی تام أمِس جوأنی ہنٛز تمام خأہشہِ أندری۔ شرٛ پراوان چُھ۔ اگر کُنہِ أمِس کانٛہہ زنانہٕ کھونہِ منز لوکٹ شُر دی ہے یہِ أس ترہران أہنٛز مُصوِری پٔٹھ تہِ چھ یہِ روہ روکانہِ اثر تراوان تہٕ یہِ چُھ صرف Still life بناوان۔ یہِ ناول چھےٚ سینی ٹوریم پٔٹھ شروع سپدان۔ کٔشیرِ پٔٹھہٕ گُجرات تہٕ تتہِ پٔٹھ مہاراشٹر بمبئیہِ تام پھٔلان۔ اُردوٗ ادبس منز چھ مصوِری ہُنٛد نظریہ محض تاج محل بناونس تام۔ گوڈنچہِ لٹہِ چُھ اَتھ ناولہِ منز مُصوِر نہِ مُصوِری ہنٛز صحی عکأسی"۔

ژکہِ چھےٚ یہِ ناول اکھ مصوِری ہنٛز تأریخ۔ یتھ منٛز کِشوری تہٕ تس سنٛز مصوِری ہُنٛد سُہارتہ چھ نِنہٕ آمُت۔ سنتوش اوس ہمیشہِ اشتعالس یتھ دَم پھٹِ گرٕھتھِ تحریری تور یارنگن ہندِ ذریعہ پٔنُن آسُن باوان۔ گرا نے واہن ہیٚچھان تہٕ اُستاد تبت بقالس نِش بہتھ سنطوٗر واینک شوق تھاوان مگر کرِہے کیاہ تٔمِس اوس تقریباً ؤہن 20 نفرن پیٹھ ترٕے گرِ چلاوٕنی پیوان اگر تٔمِس کانٛہہ بیٚیہٕ وسیلہٕ یا کاشُر قوم ڈٔکھس آسہِ ہے سُہ ماتراوِہے بنگٲلی زبانہِ ہندِس ٹیگورس تہِ پیٹھ۔ سنتوشنی شاعری یِی یہِ ترٛین دورن منٛز بأگراونہٕ یتھ منٛز 1953ء پیٹھہِ 1964ء تام دوٚیم دور 1964ء تا 1976ء تام تریم دور 1976ء پیٹھہِ 1997ء تام۔ گوڈنیوک دور چُھ سنتوشنہِ شاعری گوڈٕ گوڈٕ گرا لول تہٕ گرا ترقی پسندی ہنٛز نعرہ بأزی دوٚیم دور چُھ سنتوشنہِ شاعری منٛز جدید حسبِ آگہی ہُنٛد پے دِوان۔ ترٛیٚیم دور چُھ سُہ دور یتھ منٛز کشمیر شیو اِزمُک (تانترک فلسفُک) زبردس اَثر چھ۔ گوڈنٛچہِ دورچہِ یِم نظمہٕ تہٕ غزلہٕ رِسالہٕ کونگ پوش رِسالہِ گُلریز تہٕ رسالہٕ آزادس منٛز چھاپ آٔسی سپدان۔ غلام نبی فراق صابن چُھ پننہٕ نِس أکِس مقالس منٛز (کینٛہہ اہم کأشر شأعر[1]) لِکھان۔

[1] کٔشیر (سون ادب 1977ء مدیر محمد امین کامِل)۔

"غلام رسول سنتوش چُھ فنکار تہٕ تہٕ شاعرتہٕ پنٕہٕ نٮ۪ن ہم عصرن ہنٛدی پأٹھی چُھ پتہٕ ہیت تہٕ موضوع دوشونی منٛز تجربہٕ کران واکھ، غزل پابند تہٕ اَپابند نظم لیکھان یمن منٛز اٲمی سُند بحرِ طویل شأمِل چُھ پٔتیٛمو کتھو وُری یو پیٹھہٕ چُھ سنتوش پننہٕ زبانہِ منٛز سنسکرت زبانہِ ہنٛدٮ۪ن لفظن تہٕ علامتن ہُند بے وایہِ استعمال کران تہِ تتھ لفظہٕ ژأزنم دِوان یوسہٕ اٲمی سنٛدٮ۪ن ہم عصرن نِش مُختلف چھَ تہٕ بولچالچہٕ زبأنی نِش وارتیاہ دوٗر سپدان چھَ۔ یمہِ کتھہِ ہُند فأصلہ ہیکہِ پنٕہٕ کالہٕ گُرتھ زِ سنتوشُن یہِ تجربہٕ کتھ حدس تام ہیکہِ کامیاب روٗزِتھ۔ زِ بأنی ہنٛدِ ارتقٲکی وأقف کار ہیکن اِی وُنِتھ زِ سنتوشُن یہِ تجربہٕ گرہ تُمی ہنٛدٮ۪ن قأرین ہُند دایرہ سنٛٹھے موٚ حدوٗد۔"

فراق صأبُن یہِ وُنُن چھُنہٕ درُست کہِ سنتوش صأب چُھ بے وایہ سنسکرت لفظن ہُند استعمال کران۔ بلکہِ چُھ سنتوش صأب ترٛیمہِ دورچہٕ شأعری منٛز تم لفظ استعمال کران یم للہٕ دیدٕ، نُندریش یا تم رأوی ٮ۪تی کأشر لفظ یمن پیٹھ نہٕ سنتوش صأبنٮ۪ن کہِن ہم عصرن نظر اُس یہِ چھِ حقیقتھ کہِ سنتوشن چھے تانترِک تہٕ سیوازٕمکی کینٛہہ لفظ استعمال گری ٮ۪تی یمیک فلسفیانہٕ زأوی جار فکرِ ترِنہٕ کینٛہہ ادیب چھِ

سنتوشس پیٹھ یہِ اِلزام تہِ لگاوان زِ سُہ چھُ شأعری ہنٛدِ ذریعہِ ہندو ازمُک پرچار کران یہِ چھُنہٕ صحی اگر گاشرِ شأعری ہنٛدس پتھ کالس نظر تراوو تیٛلہِ چھُ رحیم صأب سوپوری سُنٛد سورُے کلام دیومالائی اِصطلاحو تہٕ علامتو سٟتۍ بٔرتھ بییہِ چھُ سُہ کینژن شیو ازٕمکن نوکتن پتھہِ شأعری منٛز وبژھناوان چونکہِ سنتوش اوس جدید ذہن تہٕ فکرِ ہُند شأعر ییمہِ کنۍ سُہ پرتھ فلسفس پیٹھ گہٕرِ نظر اوس تھاوان تٔمۍ سُنٛد ادبی یار ن ہُند حلقہٕ اوس تیوٗت وٚسیع یتھ منٛز پرتھ زبانہِ ہُند شأعر تہٕ فلسفی أسۍ تِکیازِ سُہ اوس دہلی منٛز تیوٗت مقبوٗل تہٕ مشہوٗر کہِ تس أس مختلف مجلسن منٛز حصہٕ ہنہٕ خاطرِ دعوت دِوان سو أس دہلی مگر یہِ چھُ کشیرِ ییتہِ ادبی تہٕ مُصوِری ہنٛدِ بن مسلن پیٹھ گاہ بگاہ کأشر دأنشور کتھ باتھ کران نتہٕ اگر ریڈیو تہٕ ٹی۔ وی ٹک کرِ یکھ تیٛلہِ مادِنۍ پرانٛہن کتھن دَل تہٕ نِوچ آسکھ نہٕ خبرِ ے یہِ چھُ یژھے ہش کتھ کہِ سنتوشن لیٛچھ نظم "ویسی میأنۍ نُورہ" 1960ء منٛز تمہِ پتہٕ لیٛچھ اَمے آیہِ دینا ناتھ نادِمن نظم "دلکھچہِ چھُ لکھچُن" سانۍ کینژھو اَن پڑھ نقادو وٚنٛ کہِ یہِ نظم چھِ سنتوشن نادم سنٛز نظمہِ نقل کوٚرمُت حالانکہِ یہِ چھُ سراسر غلط سنتوشنۍ پٔتۍ مہِ دورِچ شأعر سمجھنہٕ خاطرِ چھُ کینژھن فلسفن ہُند مطالعہٕ کرُن ضروری۔ سنتوشنۍ شأعری چھِ

رنگن، لفظن تہٕ فلسفی بنیاژ پیٹھ مبنی تِکیازِ ژُمی چھِ مختلف مرحلن پیٹھ ذاتی تجربو ہتی پنہٕ نمن تخلیقن منز تم کینہہ چیز تہٕ باوی ہتی یمن پیٹھ دل دیُن چھ ضروری۔

شاعری علاوہ چھِ سنتوشن وارِیاہ افسانہٕ لِکھمتی یتھ منز ژُمی سُند افسانہٕ "دُرجورہ" کاشرِس افسانوی ادبس منز اکھ دیُت چھُ مگر "کاشُر افسانہٕ تہٕ افسانہٕ نِگار" مضمونس منز چھنہٕ بشیر اختر صابن ژُمی سنز ذکرے کرمِژ تِکیازِ امہِ تلہٕ چھُ معلوم سپدان کہِ بشیرِ اخترس چھنہٕ پانس تہٕ ساری سے کاشرِس افسانوی ادبس پیٹھ نظر سنتوشن چھ گوڈنیک افسانہٕ شِیمس دہلس منز لیٛکھمُت ژُمی سندین افسانن منز چھِ اِنسانی جذبٕچ، کشیرِ ہُند رہن سہن، لوٗکن ہُند سوچ وغارٕ موضوع نظرِ گژھان۔ سنتوشن یم کینہہ افسانہٕ زندگی ہندین پتمین وریین منز لیٛکھی تتھ منز چھُ بیشتر کشمیر شیو اِزم تہٕ تانترِک فلسفہٕ چکاونہٕ آمُت اگر چہٕ تم وِنہِ اَچھاپی چھِ ینہٕ والی نقاد تہٕ قاری ما دِن تِمن کاشر ادبُک مولُل سرمایہِ قرار۔ چونکہِ میانہِ یِمہِ مقالُک موضوع چھُ "سنتوش بحیثیت مصوِر" امہِ کِنی تراوے اَدبی تخلیقاتن پیٹھ اکھ سرسری نظر تِکیازِ تس سنزن کینژھن تخلیقن متعلق چھُ لِکھارو کینہہ غلط بیانی کرمِژ۔

# ''کاشر ادب رِسالہ'' اکھ جایژہ

رِسالہٕ کاشُر اَدب متعلق چُھ مرحوم نشاط انصاری (شیر ازہٕ زبان تہٕ ادب 1947ء تا 1997ء جلد نمبر 32 شمارہٕ نمبر 1_2 صفہ نمبر 68) پننہٕ نسِ مقالس کاشر کلچر تہٕ سانہِ ادبی تنظیمہٕ چھ یمَن لفظن منز لیکھان۔ ''کاشُر بزم ادب تنظیمِ سپز 1966ء غلام رسول سنتوش ہنزِ سربراہی منز قائیم۔ محمد امین کامل، علی محمد لون، مکھن لال صراف آرٹسٹ صادق بنسی نردوش، محمد یوسف ٹینگ، اوتار کرشن رہبر فاروق نازکی، حسرت گڈھا، فرحت گیلانی، چمن لال چمن تہٕ سجود سیلانی آسۍ اتھ انجمنس سٍتۍ وابستہ۔ کوشُر ادب رسالہ اوس امہِ انجمنُک آفیشل آرگن۔ یہ رسالہ روٗد

1976ء تام دم دِی دِی نیران تہٕ بالآخر سپُد ہمیشہ خٲطرٕ بند"۔ ہیرِ مِس مضموٗنس منٛز چھے نشاط انصاری صاٲبن ہواہس گیچھٕ گنڈِتھ نابودس بۄد کرنچ کوٗشش کرتھ عالمانہٕ بصارتُک باس دِتمت سنتوش صابن تہٕ مےٚ (جی ۔آر۔حسرت گڈھا ) کاشر بزمہِ ادب بنوو نہٕ زانٛہہ بلکہِ کران اوس سُہ پننہِ چندٕ رسالہٕ چھپاونس علاوٕ دوستن پیٹھ ساسہٕ بۄد روپیہ خرچ۔سنتوش اوس اکثر یوٗنس سوٗئٹس تہٕ ژلہٕ وٗنس ہَردس منٛز دلہ پیٹھہٕ کٲشیرِ گاہے اعیال ہیتھ تہٕ گاہےَ اَعیالہٕ ورٲے یوان۔ اکہ دوہہ وۄن مےٚ سنتوشس ژٕ کیازِ چھکھ وری لیس منٛز دویہ لٹہِ کٲشیرِ تران۔ سونچا دِتھ وُنن سوئٹس منٛز چھ کلمن تہٕ کٹمن۔ کوہن تہٕ بالَن دوہن منٛز نیلہ رنگکھی مختلف روپ بد لاوان تہٕ ہردس منٛز چھِ ہتہٕ بَدی رنگ آسان۔ امیُک مشاہدہ کرُن چھُ میانہِ مصّوری خٲطرٕ سبٹھاہ اہم ستمبر 1966ء منٛز آو غلام رسول سنتوش کٲشرِ تہٕ اَسی اَس (علی محمد لون،امین کاٲمل،غلام نبی فراق، بنسی نردوش، مکھن لال صراف، مکھن لال سادھو (اداکار) غلام رسول سنتوش، جی۔آر۔حسرت گڈھا اکثر ہالی وڈ ہوٹل ریگل چوکس منٛز یاتہٕ اَدبی تہٕ ثقافتی معاملاتن پیٹھ بحث و مباحثٕ کران نتہٕ سنتوشن مُفت چاٸے چوان۔یمنے دوہن منٛز کوٚر

سنتوشن تہٕ مبہٕ یہ فأصلہ کہ أسی کڈو کأشُر رِسالہ تہٕ گوڈنکس شمارس گٔر چھپأے اِدارے اوقاف کِس نیو کشمیر پریَسس منز کِتابت اوس کران مشہور خطاط حسام الدین سُند فرزند محمد سلیم نصیر یُس پیشہ کنٕ اِنجینیر اوس۔ اَدبی صلاح کارن منز أسی مرحوم دیناناتھ نادم، علی محمد لون، امین کأمل، بنسی نردوش، اِنتظامی مُشیر حسرت گڈھا، خط وکتابتک پتہ اوس حسرت گڈھا میرٕ محلّہ سرینگر 2 (اتھ مجلس منز اوسُس بہٕ زامت تہٕ روزان تہِ) یہ رسالہٕ رٔو دصرف دۄن وری لیس زٕنٛدٕتکیٛاز کأشرِ زبان تہِ ادب چھ ہمیشہِ ژ‍ٔہ یو تہٕ ذأتی مفادو آورمٕژ ـ سنتوش صأب اوس لٔکن پیٹھ سبٹھاہ بروسہٕ کران مگر گنہٕ لیۆڈ آسنہٕ کنٕ اوس پانس نقصان واتناوان۔ 1970ء گٔر منز اوتارکرِشن رہبرن، محمد یوسف ٹینگ، فاروق نازکی، چمن لال چمن أکس ژ‍ٔہ یہِ تحت کوٚرکھ سنتوش اَسہِ (امین کأمل نادِم، نردوش، لون، حسرت گڈھا) خلاف تہٕ کأشر ادب اکھ شُمارٕ کڈِتھ جولائی 1970ء منز ہمیشہِ خأطرٕ بنٛد سازش کیٛاز گٔرِکھ تِکیٛازِ یہ اوس موقعہٕ پرستی ہُنٛد جنگ اکھ دُر اوس کأشرِس ادبَس خدمت کران مگر بیاکھ اوس چھچہ گٔری گٔری بڈٕ عہدٕ پرٛونچ کوٚشش کران یتھ منز تِم ونکیتام کامیاب رودی۔ اَمہِ سازِشہِ ہُنٛد اصلی ہیرو اوس سنتوشُن محلہٕ بوج چمن لال

چمن یُس صحبسِ تہٕ شامس دوگنیار تراونس منٛز مہارت اوس تھاوان ۔ کاشُر ادب رسالکس أخری شمارٕکس سرورقس پېٹھ چھُ لکھتھ نگران اوتار کرشن رہبر، محمد یوسف ٹینگ، فاروق نازکی چمن لال چمن۔ایڈیٹر، پرنٹر، پبلیشر ، غلام رسول سنتوش خط وکتاب کرنٕک پتہٕ غلام رسول سنتوش معروف گائڈ سٹور شِشٕ یار حبہ کدل سرینگر۔ گُلس پېٹھ چھ رسالک 13 شمارٕ دراٮ۪تھ پتم شمار چھُ 1970ء منٛز شایع سپدمُت اَمہِ پتہِ گوٚو یہ رسالہٕ ہمیشہ خأطرٕ بند جناب امین کأمل صاب چھ أکس خطس منٛز نشاط انصاری صأبس لکھان "وو کأشر ادب دراو اکتوبر 1966ء تہٕ 1967ء سُپد ہمیشہ خأطرٕ بند ہمیشہ خأطرٕ وونُم اوٚ ۔کنہٕ زِ یہ اوس گوڈ پېٹھے بند گژھی نیران۔ اکہٕ زٕ شمارٕ أسی پان ہاوان تہٕ پتہِ ترٕبن 3 ژون 4 شمارن ژھپھ ہوٚان۔ وجہ یہ زِ سنتوش صأب یمن یہِ رسالہٕ حوالہٕ اوس ۔تم أسس گِندٕ باشہٕ کران تِمن کیتھ پٔنُن رسالہٕ اوس"[1] کأمل صابُن یہ وٚنُن چھُنہٕ صحی تکیاز کامل صأب اوس اتھ ستی پانہٕ تہِ وابستہٕ ۔سنتوش یپتِس کالس دِلہِ اوس آسان علی محمد لون، کامل صأب تہٕ بہٕ اوسُس (حسرت گڈہ) أسی یہِ رسالہٕ مواد جمع کرنہٕ پېٹھہٕ

[1] کأشر شیرازہ زبان تہٕ ادب نمبر 1947ء تا 1997ء جلد نمبر 32 شمارہٕ نمبر 1 تہٕ صفہٕ نمبر 76

لوکن منز بأ گراونس تام یکوٹہٕ کأم کران پۆز چھ یہِ زِ مالی مشکلاتو تہٕ ژویو ءستی گۆو یہِ رسالہ بند گژھنہٕ ءستی ووت کأشرِ زبانہٕ تہٕ ادبس سخت نقصان ۔اَمہِ رِسالُک گوڈنِکہٕ شمارُک سرورقُک بلاک Block بنوو اَسہِ ہچہِ پیٹھ غلام حسن ( یُس ہچہِ پیٹھ نقاشن ہندِ خأطرِ مُختلف نقشہ (patteren) بناوان تہٕ نوہٹہ روزان اوس۔ اَمِچ خط و کتابت أس غلام رسول سنتوشن پانہٕ کٔر مژ۔ تِکیازِ سنتوش اوس پانہٕ اکھ جان خوش نویس یوہے وجہ ما آسہے یمکنہٕ سنتوش صأب کلچرل اکیڈمی ہندِس خوشنویسی کلاسس[1] سرپرستی کران اوس۔ اَمہِ رسالِچ اکھ خصوصیت أس کہِ اَتھ منز مُختلف طبقٕہ فِکرِ ہندٕ ن لوٗکن ہندی تخلیقات چھپان ییہٕ اوس

---

[1] 1 جنوری 1959ء منز کوٗر اکیڈمی خوش نویسی ہُند اکھ کلاس قأیم امکہِ ووستاد أسی پیرحسام الدین خانیاری تہٕ بییہٕ لکھنوٗ ہک اکھ ممتاز تہٕ ہفت قلم خطاط شیخ ممتاز حُسین جونپوری ( یہِ خوش نویس اوس لکھنو پیٹھہٕ گاہ بگاہ خصوٗصی لکچر دِنہٕ باپتھ کشیرِ یِوان۔ اَتھ کلاس منز یم طالب علم ہیچھان أسی تہندی ناو چھِ ولی محمد میر، جلال الدین کاملی ابن حیرت کاملی ، موتی لعل رینہ وغأرہٕ۔ اکہِ ؤری یہِ پتہٕ آو یہِ کلاس بند کرنہٕ حالانکہِ اَتھ کلاسس پیٹھ اوس Rs.895.76P ؤریس خرچ۔یمن دوہن اوس امین کأمل کشمیری سب SubCommittee کمیٹی ہند کنوینیر تہٕ غلام رسول سنتوش کنوینیر مُصوری تہٕ خوشنویسی یم دونوے أس رہتہٕ پأٹھی ہتھ 100 روپیہِ بطورِ ظیفہٕ حأصل کران۔ تِکیازِ یم أسی باقی کمیٹی ین ہندیو سربراہو کھوتہٕ رہتہٕ بکس رتبس اکیڈمی منز کأم کران۔

اَتھ منز سنتوش صأبُن لبھمُت مختلف ادیبن ہُند خولہٕ خط مُسلسل شایع سپدان۔(یِمن منز امین کأمِل، علی محمد لون، اختر محی الدین، بنسی نِردوش، غلام نبی فراق، رحمان راہی وغأرہ چھِ ) یِمن خولہٕ خطن منز کر اکہِ دوہن ہالی ووڈ ہوٹلس منز اختر صأبن مےٚ بےٚ عزتی تہٕ سنتوش صأبس ستی لڑأے تِکیازِ خولہ خطس منز اوس کُنہِ کُنہِ جایہ تُتھ طنز و مزاح آسان تاختر صأبنِ آشنہِ متعلق اُسی نہٕ اَسہِ بےٚ ادبی گرہٕش کینٛہہ مگر یِم جملن پرِتھ دارِ ڈٲری زنانہٕ وچھتھ اخترن ژکوٚنجل بُتھ بیٚیہِ اُٹھ داہ کوٚنج کڈٕنی پٕنٛز کٕنی گول بُتھ بناوان۔ بہری وٲنس منز اکھ اٲکس پیٹھ تندلہٕ نٹہٕ وارین ہندی پٲٹھی شرٕبن ہنز نندبل لاگنٕ۔آشنہِ ہُند دوہہ پتہ دوہہ نون تہٕ اخترن پھوکہِ بالہِ ہندی پٲٹھی ژھٹن۔ پانس اپذے جگر دود اُگھ ژورِ بجہِ ہنز ہوٹل چایہِ طلاق دِبن تہٕ تِمن پوٚنسن زنانہِ صبحس چھر لاگنٕ ژوٗرِ بجہِ تھنہِ چاےٚ تہٕ شامس ژھٹہٕ رس چاوٕنی۔'' [1] اختر صأب اگر چہِ پانہٕ بیٚن پیٹھ طنز کرنس تہٕ طنزیہِ رِپوٗ ٹاج لبھنس منز خوش اوس

گژھان مگر بیٚیہِ ہِندِس لبھنس پیٹھ اوس ہمیشہ دندٕ وزُن لاگان۔

یتھ منز کینٛہہ ادیب خوش اُسی گژھان تہٕ کینٛہہ زچہِ

ژٹنس پیٹھ واتان حالانکہِ امین کأمِلس متعلق یِیلہِ خولہٕ خطس منز یہٕ

شعر پرٚتھ چھ راہی صأبٕن وجوٗد کأمل صأبٕنۍ حسن پرستی ہٕند اکھ ٹاکر ثبوٗت۔

راہی ژٕنہٕ روو تنۍ قہوٚن
کأمل وہی فُل ٹانگو مور

''کلچرل اکیڈمی زبوٗنس ستی کنوٗنیر بنتھ زیوٗن کنوٗنیر أستھ بِلا پوٗچھے أسٹنٹ سکرٹری سُند عہدہ سنبھالُن۔ تہٕ ادٕبین ہٕند قضا و قدرُک مألِک پٔنُن پان زانُن۔ اسٹنٹ سکرٹری سُنٛد رہرسل گرِتھ لٹری اسٹنٹ بنُن تہٕ خدا واسطے سنتوشس کلہٕ دگُن سون ادبس منٛز شأمل کرنس پتھٕ یہٕ اعتراض لگاوُن زِ سُہ گرِن فأصلہٕ سُہ مصوِر چھا شأعر چھا کنہٕ نثر نگار کنہٕ سنتوش۔'' [1] ییٚلہِ مےٚ کأمل صأبس اچھ اکھ

کاپی دِژ تمۍ ترأو عادتن گونژھہ، تٔلۍ اُسُن تہٕ راہی صأبُن بُتھ پھوٚل گولاب ہیوٗ۔ تِمس أس پنہٕ نِمن قدیم روایتن تہٕ چیزن ستی وارِیاہ وابستگی ییٚمہٕ وِزِ تہٕ مےٚ دِلہِ آسہے ترٕن تسنٛز فرمأیش أس کأشُر ژوٚچہ وُر (Kashmiri Crumpet) ہوکھہٕ گاڑ، ہالی وُٹرکُ کیک، نٔدرُ تہٕ ہاکھ۔ مرنہٕ برٛونٛہہ اکھ ہفتہٕ ییٚلہِ اے۔کے۔ رینہ سنٛز نمأیش دھونی

---

[1] کأشُر ادب جلد 1 شمارہ 1 اکتوبر 1966ء خولہِ خط امین کأمل

مَل آرٹ گیلری منز منعقد سپز اَمہِ ۔کس افتاحس پیٹھ گیہِ سنتوش تہٕ بہٕ (حسرت گڈہ) یکہٕ وٹہٕ دویو گانٹوپتہٕ ییلہِ اَسی سڑ کہِ پیٹھ وأتی سنتوشن ڈرائیور اوس گاڑی ہبتھ غاب گوٗمُت اَسی پیٹھی پٹرِ پیٹھ تہٕ سنتوش وۄتھ مےٚ کُن مے نا چھنہٕ فِکر تران یم مصوّر تہٕ ادیب کیازِ چھ وۄپر تھذیبس چھپہِ لگی ہتی سون فنِ تعمیر پنجرٕ کاری ڈل تہٕ ڈری یا وتھذیب و تمدُن چھُ تیوٗت عظیم تہٕ بلند کہ دُنی یا ہیکو مصوِرو، ادیبو، تأریخ دانو چھ اپج زبر پأٹھی تعریف کرِیمتی۔ اَمہِ مزید وۄتھ مےٚ کُن زِ ژٕہ گژھکھ کالی کبتھ کشیرِ تہٕ بہٕ یِیے پانژہ داہ دوہہ گژھتھ کشیرِ ہُند سونتھ چھاونہِ تہٕ بیہِ وچھن کشیرٕ وارہ پأٹھی۔ زندگی پیٹھ چھا بھروسہٕ مےٚ ترأو سنتوشش کُن نظر تہٕ باسیوم زِ أمس چھنہِ دِلہِ منز دِل لگان کینٛہہ بلکہِ چُھ یہِ باقی زندگی کشیرِ منز گذارنی یژھان کتھِ کتھِ منز ے وۄتھ" اگر بہٕ موٗدس میانہِ قبرِ ہنز میژ ترأوزِ وبتھہِ منز بےٚ وۄنمس ہیا روٗٹہٕ نکھا کھوگوٗ ے توٗرہ وۄتھ بہٕ چھُس وۄنی واریاہو رنگو تنگ آمُت اَمہِ پتہٕ ییلہِ بہٕ جوٗم وۄتُس شیہ ستھ دوہہ پتہٕ وۄن مےٚ مولوی افتخار حُسین انصاری صأبن (10 مارچ 1997ء) صبحچہ 10 بجہِ ہیا گڈھا صأبہٕ سنتوش ہا موٗد مےٚ گیہِ عقلہِ بقل گُنے دِ وۄتُس بہٕ ہملارینایہِ ہُند گرِ تمس ڈیتھ

گوس بہٕ اَمے وِزِ ہوائی جہازس کنبتھ دہلی روانہٕ ییٚمہِ وِزِ بہٕ 40 پریت وہار ووٗتُس سُہ اوسُکھ غوسل دِنہٕ باپتھ جوٚر باغ کربلا نیومُت تہٕ ظفر مارگ قبرستانس منز قبرِ وار مٔلی ہتھ سُپرد خاک کرنُک سَنز تہِ اوس سپُدمت بہٕ گوس نہٕ جوٚرباغ کینہہ بلکہِ پیارویوں بہٕ مقبرس پیٹھ کینہہ کال گرٛھتھ ییٚمہِ وِزِ میت (Dead body) مقبرس پیٹھ واتنأوکھ اَتھ ہتی ؤچھی مےٚ ہندوستانکی بڈی بڈی عزت دار لوٗکھ یمن منز مصوِر، فنکار، ادیب، شاعر تہِ اخبار نویس شأمل اَسی قبرِ منز والنہٕ پرٛونٹھ کھولنوو مےٚ بُتھِ پیٹھ کفن تہٕ وُچھم سنتوش زنتہٕ اَچھ ؤٹتھ دُنھیکھ رنگو نِش اکھ بدون چھوٚت گوٗلأبی بُتھ یُس تِمس سیٹھا پسند اوس اَتھ دوران وأژ کأشرِ زبانہٕ ہنز شأعر بِملارینہ تہٕ تِمی ترٛأو سرخ تہٕ سفید کپرہ ربلہٕ قبرِ منز تہٕ دوٗنس سنتوش صأبہٕ اَمانت چھےٚ حوالہٕ اَمہِ پتہٕ گوس بہٕ ودان ودان یوٚت بےٚ حال کہِ مےٚ چھنہٕ پتہ کہِ بہٕ کمی واتناوُس 40- آرٹس کالونی پریت وِہار لکشمی نگر سنتوش صأب نِس مکانس پیٹھ۔ راتھ گذارنہٕ پتہٕ 11 مارچ 1997 ءصُبحِہ پانژِ بجِہ ووٗتھس نیندرِ تہٕ آنگنس منز اَسی تقریباً ہندوستانکی داہ (10) بہہ (12) اخبار یمن منز سنتوش صأبس متعلق خبرِ تہٕ لیکھ بیترِ چھپے ہتی اَسی یمن اخبارن منز اَسی '' ہندوستان

ٹائمز دہلی، دی ہندو (The Hindu)، دی پوینیر (The Pioneer)، دی ٹائمز آف اِنڈیا (The Times of India) دی انڈین ایکسپریس (The Indian Express)، نو بھارت ٹائیمز دہلی (Naw Bharat Times) جن ستا (Jansatta)، قومی آواز دہلی، سہارا (اُردو) نیشنل ہراڈ دہلی (National Harad) اَمہِ علاوہ اَسی ریاٗستی اخبارن منز کشمیر ٹائمز جموں، ایکسل شیر جموں (Excelsior Jammu) تسکین (اردو) جموں، سندیش جموں (Sandash Jammu) روزنامہٕ آفتاب سرینگر روزنامہ سرینگر ٹائمزٕ گریٹر کشمیر سرینگر وغارٕہ۔''

این۔کے موٗدگل (N.K.Moudgal) چھُ ہندوستان ٹائمز اخبارس منز'' لیکھان واریاہو کتھو علاوہ سنتوش چھ سُہ گوڈنیُک مصوِر ییمی پننہٕ دانشورانہٕ بےٚ قرأری سنبہٕ پننہٕ تہذیبکی موٗل ژھاٗنڈی 1960ء[1] آس پاس کوٗرتمی نوسرٕ تانترکی آرٹ زندہ اَتھ فلسفس منز گوٚو سُہ یوٗت گہرٕ مُطالعہٕ کران کہ اَمہ فلسفُک تجرُباتی پہلو کوٗرتمی کنواسس پیٹھ رنگو تہٕ لکیرو ہندِ مدتہٕ اَظہار۔سنتوش چھُنہٕ صرف مصوِرے یوٗت بلکہِ چھُ سُہ کاشرِ زبانہِ ہُنٛد بوٚڈ بارٕہ لِکھاری تمی چھُ کشمیر

[1] اَمہِ گرٕ 1967-1965ء منز تانترک مصوِری نوسرٕ زندہ (ح۔گ)۔

یو اِزم فلسفس اکھ نوٚو ذوزبہٕ پننہِ غاٗر مطبوعہ کِتابہِ منٛز تفصیلہٕ سان بیان کوٚر مُت یُیمہِ ہٕتی کٔشیرِ ہندِس پتھ کالہ کِس تہذیبس ہٕتی سیٚدٕ سیوٚد رابطہٕ چُھ گژھان۔"

دی ہندو (The Hindu) ایڈیٹر چُھ لیکھان ہندوستانُک بوٚڈ بارٕ تانترِکی تہٕ شیواِزمُک مصوِر گذریوو دِلچ حرکت بند گژھنہٕ ہٕتی اَمہِ مزید چُھ لیکھان سُہ اوس گنگا جمنی تہذیبُک تہٕ بییہِ کٔشیرِ ہندِ رلہٕ مِلہٕ تہذیبُک اکھ مولل گولاب تٔمی کوٚر کشمیر شیو اَزم بُنیادٕ ژ پیٹھ تانترِکی فلسفُک اِظہار پننہٕ نو تصوٚیرو ذریعہِ۔

پوینیر (The Pioneer) اخبارس منٛز چُھ سنتوشش تعریف کران امیُک مُدیرِ اعلیٰ لیکھان ہندوستانس رووُ سُہ اکھ سپوٗت یُیمی کشمیر شیو اِزمس تہٕ تانترِکی فلسفس پننہِ شاعری تہٕ مصوِری ہٕتی اکھ نوٚو انہار بخُش۔

ہندوستان ٹائیمز (The Hindustan Times) چُھ باقی کتھو علاوہ لیکھان ہندوستانس تہٕ کٔشیرِ رووُ سُہ گوبُر یُس دُنی یاہس منٛز پننہِ خوبصوٗرت مصوِری تہٕ شاعری کِنی مشہوٗر اوس تٔمِس میلی سبٹھاہ انعامہٕ یِمن منٛز پدم شری، ساہتیہ اکیڈمی ایوارڈ، للت کلا اکیڈمی ایوارڈ،



او۔ پی۔ شرمابرانڈے، جی۔ آر سنتوش





جی۔ آر سنتوش، دینا ناتھ نادم، ماسٹر نورالدین، پنڈت جواہر لعل نہرو، ضیاء درانی



اختر محی الدین، دینا ناتھ نادم، علی محمد لون، سنتوش،
علی سردار جعفری، رحمان راہی، امین کامل



پی این کاچرو، کاشی ناتھ بھان صدر جمہوریہ ہند ڈاکٹر راجندر پرشاد،
ماسٹر نورالدین، سنتوش، بنسی نردوش، دینا ناتھ نادم

کلچرل اکیڈمی ایوارڈ، کلہن ایوارڈ تہٕ باقین ریاستن ہندی انعامہٕ تہٕ چھِ سُہ اوس سرکاری تہٕ نیم سرکاری ادب تہٕ فنونِ لطیفہ کین اِدارن منز اکہ اہم رُکُن۔

نو بھارت ٹائمز(Nav Bharat Times) نیو دہلی اخبار چُھ لیکھان کاشُر چِترکار غلام رسول سنتوش یُس پروفیسر این۔ ایس۔ بندرے سُند شاگرد اوس گذریوو10 مارِچ1997ء راتھ ہنزِ ڈایہِ بجہِ (2.30.am) تِمس اوس شبیہہ کاری ( Portroite) تہٕ تانترِک مصوّری منز کمال حاصِل۔ مصوِر آسنہٕ علاوہ دیُت تِمو کاشرِ نظم و نثرس فلسفہٕ رنگی وارِیاہ کینہہ۔ مضموٗن طویل گژھنہٕ کِنی کرنہٕ یہٕ ریاستی تہٕ بیرونی ریاستی اخبارن ہنز تفصیلی ذکر کینہہ۔ اَمہِ علاوہ یِمو ہندوستانکیو مشہوٗر تہٕ معروف شخصیاتو اُمِس پتھ پنہٕ نِبن تاثُراتن ہُنٛد اِظہار کوٚر تِمن منز چھِ خوشونت سنگھ، منٗو پارِکی، شانتی دوے،ہندی زبانہِ ہُند شاعر کیدھار سنگھ، بڈِ بڑنڈے آرٹ کرِٹکی ،مصورِ کیشو ملک، سنٗتو دتا، پی۔ این ماگو تہٕ تنقید نِگار گوپی چند نارنگ، وغیرٕہ قابلِ ذِکر۔ یِمن بہلہ پایہِ شخصِیاتن ہندی تاثرات چھ ییتھہٕ پٲٹھی۔ معروف اخبار نویس تہٕ دانشور خوشونت سنگھن وٗن ہندوستانکِہ مصوّری ہُنٛد اکھ بڑزلوٗن

تارُگوٚو ژھبتہٕ۔ مصوِر منو پارِکی (Manu Parekh) چُھ خراج عقیدت یمن لفظن منٛز کران سنتوش اوس پزٕی کنٛی یوگا تہٕ تانترِکی فلاسفی پٹھ یقین تھاوان تمہِ وقتہٕ تہِ ییٚمہِ وِزِ سُہ خراب حالاتن منٛز اوس سُہ رٕوُد سِکیولر ہندوستانُک زبردست پیروکار۔ شانتی دوے "مےٚ رود اکھ آدن بوج مرنٕکس دٕمس تام رٕوُد سُہ بُرشس حرکت دِوان أمی سُند جوٗرتھ تہٕ حوصلہٕ اوس یوٗت بُلند کہِ تنٕہِ تنہا واتنوٗن تانترِکی آرٹ عروٗجس۔ ہندی زبانہِ ہُند مشہوٗر شاعر کیدھارناتھ سنگھ چُھ و نان سنتوش اوس ہندوستٲنی ادبس منٛز تانترِکی علامت تہٕ کشمیر شیو اِزم کأشر شأعری منٛز ورتاونہٕ ستی اکھ منفرد مقام تھاوان۔ مشہوٗر تانترِکی چترکار بڑندے چُھ پننی تاثُرات یمن لفظن منٛز باوان یہ سنتوشن أندرٕ محسوس کوٚر تہٕ نیبرٕ ورتاوٗن کنواسس پٹھ۔ مشہوٗ تہٕ معروف شأعر شمشیر بہادُر سنگھن کٔر اکھ طویل نظم سنتوشنہِ ناوِ یتھ منٛز تٔمی سنتوش اکھ موٗلل لال، بلند پایہِ شخصیت، جدید خیالاتن ہُند علم بردار قرار دیُت۔ سنتو دَتا (Santo Datta) چُھ أکس لیکھس منٛز باوتھ کرن 30وٕری بڑونہہ آو یہ نوجوان شأعر تہٕ مُصوِر دِلہِ (دہلی) تہٕ کوٚرُن پننہِ رِتہِ اتھہٕ تہٕ سُندر خیالاتو ستی ہندوستٲنی مصوِری مالامال یہِ اوس سُہ وقت ییٚمہِ وقتہٕ شانتی دوے،

بڑنڈے، سومی ناتھن، رام کمار، سُتیش گجرال، رچیڑ بارتھلومیو ( Richard Bartholomew) اَپاسامی ایس۔ کے کرشنن، چارس فبرِی ( Charles Fabri) کیشو ملک ہیوو عالم تہٕ مصوِر وفن شناسو تہٕ نقادو کوٚر ہندوستانٕچ مصوِری پنٕنہِ محنتہٕ، خیالو، بحث مباحثو تہٕ جوٗرتھ ستی مالامال اتھ دورس منٛز سپز تیٚژ کأم یوسہٕ اَمہِ برٛونٛٹھ یا اَمہِ پتہٕ سپٕز نہ یہِ اوس ہندوستأنی مصوِری خأطرِ اکھ سونہری دور۔ مشہوٗر مصوِری ہُنٛد نقاد(Art Critic) چھُ ٹائمزآف اِنڈیا اخبارِ بود وار 12 مارچ 1997ء باقی کتھو علاوہ چھُ لکھان

یہِ چھُ صاف ننان زِ سنتوشس أسی پزٕ پأٹھی روٗحأنی تڑیش کم کرنہٕ باپتھ بێین ہندِ خأطرٕہ اکھ مأہرانہٕ وَتہِ پوٚو بناونس منٛز رہنمائی کران۔ سُہ اوس اِنسأنی قدرن ہُنٛد اکھ مُجسمہٕ تانترِک تہٕ شیوافلاسفی یقین تھاوَن وول مصوِر یُس أخری دَمس تام کأم کران روٗد۔ ''تمی سنٛز أخری تصوٚیر چھےٚ:

"I am Santosh: What am I to you" ?

''بہٕ چھُس سنتوش، بہٕ کیا چھُس تُہنٛدِ خأطرٕہ۔''

اَتھ تصوٚیرِ منٛز چھُ سنتوش پننی ترٛے 3 بُتھی ہأوِتھ ئتی أ۔کس منٛز ڈیکس پێٹھ ٹیوٚک بێیس منٛز بُمن درمیان ٹیوٚک تہٕ ترێمس منٛز مالہِ گنڈِتھ زِ

ٹیکو۔ یہِ تصوٚیر چھ اَمہِ کھتہِ ہنٛز باوتھ کران کہ ہندو تہٕ مُسلمان چھ تس سنٛز آتما تمے چُھ أکِس تصوٚیرِس منٛز ڈیکس پیٹھہٕ ٹیوٚک یوسہٕ علامت چھےٚ کُنرٕچ تہٕ رُت سوچنچ یہِ تصوٚیر چھپے یہِ یِمنے دوٚہن ہندوستاکین بڈٕبن بڈٕبن انگریزی اخبارن منٛز۔ اَتھ تصوٚیرِ وۄنٛگھ یہِ چھِ سنتوشنہِ زندگی ہُنٛد گُلی سرمایہِ۔

ڈاکٹر گوپی چند نارنگ اردو زبانہِ ہُنٛد مشہوٗر نقاد صدر ساہتیہ اکاڈمی نیو دہلہ وۄن پنہٕ نِمن تاثُراتن منٛز "للہٕ دیدِ رووٚستی بوج پیٹہِ کأشرِ زبانہِ تہٕ ادبُک رُت لِکھاری تہٕ علم بردار"

یِمنے دوٚہن ہنٛز کتھ چھِ غلام رسول نازکی صأبن چھپووٗ[1] (یہِ چھُ کأشرِ زبانہِ ہُند جان شأعر) پننہِ ناوِہ اکھ اَشتہار یُس سنتوٗشس کُن منسوٗب چُھ۔

یارانہِ رازدان محبان غم گُسار

سب مرگئے میں اب بھی بقیدِ حیات ہوں

11 جنوری 1997ء گوس بہٕ (حسرت گڈہ) تہٕ شبیر سنتوش مقبر شیرنہِ تہٕ پیرٕیک وغأرِہ اِنتظام کرنہِ اَمے ساتہٕ پیوٚو

---

[1] میر غلام رسول نازکی صأبس اوس سنتوش صأب سبٹھاہ عزت کران۔ کشمیر ٹائمز جموں

مرحوم ڈاکٹر سیّد محمد امین اندرابی (سابقہ ڈاریکٹر شعبہ اقبالیات کشمیر یونیورسٹی) بییہ فاروق نازکی (سابقہ ڈائریکٹر دوردرشن سرینگر) یمو وۄن قبرِ پٮ۪ٹھ کیا لیکھو فأصلہٕ سپُد کہِ پیرِس پٮ۪ٹھ لیکھو ناو کتہِ زاو تہٕ کتہِ مۄد بییہِ لیکھو أسی سنتوشن کانٛہہ شار یُس مُنأسِب آسہِ أخرس پٮ۪ٹھ کۄر اَسہِ فأصلہٕ یم ہٕنم شعر لیکھو کنہِ پٮ۪ٹھ۔

بےٚ چُھس اِہٕ بےٚ چُھس سنتوش
کتھ پٮ۪ٹھ سَنہٕ بۄ گأمتی پوش
بےٚ چُھس رنگ تہٕ بےٚ بے رنگ
سنتوش چھاوان روزان پوش

مگر مےٚ کۄر محمد امین اندرابی تہٕ فاروق نازکی صأبس ستی اختلاف دون (2) کتھن پٮ۪ٹھ اکھ ''ھوالقادر'' لیکھونہٕ کینٛہہ بلکہِ لیکھو ''ھوالمُصوِر'' یہِ کتھ مأنی یمو مگر ہیرِمس شعرس پٮ۪ٹھ گۄو اختلاف پۄتُس گۄو یتھ شعرس پٮ۪ٹھ اِتفاق۔

تریہ کم وُہمہِ صدی منز دراس
سوچن پھلیا أس بر جوش
اَمہِ پتہٕ دراس یہ تہٕ شبیر قبر شیرنہٕ باپتھ مقبر والو

وۄن أسی ہمو 40 ساس روپیہ یہِ عبارتھ سنگِ مَرمَر تہٕ قبرشیرنس مگر
أسی دژاے دۄنوے واپس تہٕ مےٚ پیوو ژتبس کہِ اکہِ دوہہ پرژھو و
مےٚ سنتوش صأبس سرینگر ہکس سنگتراشی کمپَس ( All India Scaluptor
camp ) منز کہِ ہندوستانس منز کوسہٕ کٔنی چھ جان سُہ وۄتھ درجواب
کٔشیرِ ہنز سنگِ سیّاہ نتہٕ مکرانا راجھستانٕچ سنگِ مَرمَر۔ مےٚ کوٚر أتی پننہِ
جایہِ فأصلہٕ بہتر چُھ سنگِ مکرانا لاگُن تِکیازِ کٔشیرِ ہُنْد سنگِ سیّاہ بنہِ دِلہِ
منز کینْہہ لکشمی نگر دِلہِ منز کوٚر مےٚ أکس سنگتراشس ستی 16 ساس
روپین پٹھ سنگِ مکرانا۔ لکھأے تہٕ پیٚو رلاگُن فأصلہٕ مگر سنگتراشن مون
نہٕ ہرِم کأشر شعر لیٚکھنی کینْہہ أخرس پٹھ لیٚچھ پرِس پٹھ یہ ہُنم عبارتھ۔

**ھُوالمُصّوِر**

**کُل نفسِ ذایِقاتُلموت**

**غلام رسول سنتوش**

**پیدائش 1929ء چنکرال محلّہ حبہ کدل سرینگر کشمیر**

**وفات سوموار 30 شوال 1417ھ مطابق 10 مارچ 1997ء**

**40 بھارتیہ کالونی پریت وہار نیو دہلی۔**

اَمہِ پتہٕ کینْہہ دوہہ کوٚر سنتوشنہِ گرِ ہنبرِ گنہِ اکھ بوٚڈ بارِ

تعزیتی جلسہٕ تیٚچ صدارتھ ہندوستانٕکی بٔڈی بارٕ سنگتراش پروفیسر شنکو چودھری ین کٔرانتھ اِجلاس منٛز اَسی ہندوستانٕکی نامور مصوِر، سنگتراش، گیوٚن وٲلی نژن وٲلی، اداکار، شاعر تہٕ ادیبو علاوہ مختلف جایو پیٹھہٕ آمتی۔ کأشر دانشور تہٕ ادیب یِمن منٛز پروفیسر رِیاض پنجابی، پژان کِشور، فیاض دلبر، شمیم دیو آزاد، اومکار اعما، موتی لال جیل خانی، اوتار کرشن رہبر، ہری کرشن کول وغاٛرٕ۔ اَمہِ علاوٕ یِم سنتوش صابنٕ گرٕ آۓ تِمن منٛز اَسی خاصکر تمہِ وقتکھ وٗزیرِ اعلیٰ ڈاکٹر فاروق عبداللہ، مرکزی وٗزیر سیف الدین سوز، دہلی سرکارُک وٗزیرِ صحت ڈاکٹر والیا بییہٕ تہٕ وارِیاہ اِدارن تہٕ ثقافتی انجمنن ہنٛدی سرکردہ شخصیژ۔



# غُلام رسول سنتوش

1929ء زاو چنکرال، محلہٕ سرینگر، کشمیر۔

1945ء منز کوٚرُن پنجاب یونیورسٹی لاہورس منز میٹرک پاس۔

53-1947ء پیپر ماشی، دوورٕ کارتہٕ مصوِری۔

1953ء منز کرٕنی کاشُر شاعری شوٚرُوٗ۔

56-1954ء پرٛوفیسر این۔ایس بینڈرے نِس زیرِ سرپرستی کرٕنی بروڈاہس منز مصورِی ہنٕز تربیت حاصِل۔ اتھ دوران توٚرُس گورنمنٹ آف اِنڈیا کہِ طرفہٕ وظیفہٕ۔

1956ء منز یوسہٕ آل اِنڈیا آرٹس اینڈ کارفٹس اگزبشنس منز دِیت ہَس گوڈنک ینامہٕ۔

1956ء مغربی یوٗرپس منز (Eastern Europe) ہندوستانی نُمائش۔

1956ء ماڈرن انڈین آرٹ مِصرس منز ہم عصر ہندوستانی مصورِی ہنٕز نُمائش۔

1957ء منز میوٗل اُمِس اُمن تصویرِ پٮ۪ٹھ لِلت کلا اکیڈمی ہُند قومی ینامہٕ۔

1959ء کنٹمپریری اِنڈین، پینٹرس نُمائِش جاپان۔

1963ء و 1971ء کاشُر شاعر کوٚرُن قومی مُشاعرس منز شمولیت۔

1961ء کنٹمپریری اِنڈین پینٹرس نُمائِش، نیشنل گیلری کناڑا۔

1963ء پینٹرس نُمائِش ٹوکیوف جاپان۔

دٕیَن ہم عصر ہندوستانٕین ہنٕز نُمائِش، یونیورسٹی آف ساوٗتھ فلورِیڈا تامپا، جیکسن وِلا آرٹ میوزیم، ڈیلگا ڈومیوزیم آف آرٹ نیو آرلینز۔ ہنٕز گیلری آف آرٹ، لانگ بیچ آرٹ سنٹر، لانگ بیچ آرٹ انسٹی چیوٹ سان فرانسکو، ایسٹ ویسٹ سنٹر، ہونو لولو، ہانگ کانگ، منلیلا مینچی ٹوکیو، ایم آئی ٹی کیمبرج، نیو جرسی سٹِٹ میوٗزیم۔

1963ء تا 1965ء کُمار گیلری نئؤ دہلی، میسؤر گیلری، نئؤ دہلی، لندن (نیویارک)، کلکتہٕ، کابُل (افغانِستان) تلہٕ ببیب (Tel-Aviv)۔

1962ء لاس انجلز (Los Angeles)۔

1963ء مَنز دِوارو شرمَن گیلری شِکاگو (Chicago)۔

1964ء رِول گیلری نیویارک (لندن)۔

1967ء کونیکا چمولڈ (Kunika Chemould) نیو دہلی، دھونی مَل گیلری نئؤ دہلی۔

1968ء چِموڑ آرٹ گیلری بمبئی۔

1969ء پُنڈول (Pundole) آرٹ گیلری بمبئی۔

1970ء بِسٹ دارِی (Bistidari) گیلری نئی دہلی۔

1970ء پوٹرسیٹس گیلری (Portraits) چانکیہ، نیو دہلی۔

1971ء مَنز کُمار آرٹ گیلری، نیو دہلی۔

1973ء چانکیہ آرٹ گیلری، نیو دہلی۔

1974ء ٹھاکُر پونچھی (اُردو اُدیب) ہِندِس یادس مَنز اکھ نُمائِش کالج آف ایجوکیشن سرینگرس مَنز۔

1975ء چانکیہ آرٹ گیلری مَنز خاکی (Pencil Drawings) ہنز نُمائِش۔

1976ء گیلری چانکیہ دہلی مَنز اکرِلکس (Acrylies) تصوٖیرن ہنز نُمایس۔

1978ء ترِوینی کلاسنگم مَنز تصوٖیرن ہنز نُمایش۔

1980ء دُنفری نُمائِش اوم پرکاشس ستیٖ للت کلا آرٹ گیلری مَنز۔

1985ء دونی مل آرٹ گیلری مَنز نُمائِش۔

1989ء جہانگیر آرٹ گیلری مَنز اکھ نفری نُمائِش۔

1991ء ایل۔ٹی۔جی گیلری نیو دہلی مَنز نُمایِش۔

1992ء بمبئی مَنز اکھ نفری نُمایِش۔

1964ء لیچھنہٕ اُردوہس منز ناول "سمندر پیاسا ہے"۔

1965ء سمندر پیاسا ناولہِ پٔتھ تورس جموں کشمیر اکیڈمی طرفہٕ ایواڑ۔

1977ء منز میؤلس پدم شری ہُند اعزاز۔

1968ء فرسٹ ٹرائنائل، انڈیا، نئی دہلی۔

1969ء ساؤ پاؤلو بنیل، تانترا آرٹ، سونٹریال کنٹمپریری آرٹ آف اِنڈیا، جاپان۔

1972ء کینز انٹرنیشنل ساؤتھ آف فرانس، کنٹمپریری انڈین پینٹنگ۔

1973ء واشنگٹن

1973ء نیشنل ایوارڈ

1977ء بلغاریہ انٹرنیشنل

1978ء منز چھپاؤنی کاشرِ شاعری "بے سۆکھ روح" تہٕ اتھ کِتابہِ پٔتھ تور اُمس 1979ء

منز ساہتیہ اکیڈمی ہُند قومی اعزاز۔

1979-80ء کنٹمپریری اِنڈین آرٹ ایگزبشن، جاپان، اہتمام این جی ایم اے۔

1980ء ایگزبشن آف پینٹنگس اِن مینچر فارمٹ، لِلت کلا اکادمی۔

1980ء کنٹمپریری ایگزبشن، دوبئی۔ اہتمام لِلت کلا اکادمی۔

1984ء ایگزبشن آف کنٹمپریری اِنڈین پینٹرس آف نیشنل گیلری آف ماڈرن آرٹ۔

1984ء نیو، تانترا، جے۔آر۔جی اہتمام این جی ایم اے ساہتیہ کلا پریشد نئی دہلی۔

1985ء کلہن ایوارڈ۔ کشمیر ایجوکیشن اینڈ سائنس سوسائیٹی۔ نئی دہلی۔

**اکھ نفری نمائش :-**

1953ء تا 1957ء : سرینگر کشمیر۔ بروڈا (گجرات)، بمبی منز۔

1959ء تا 1963ء، 1964ء : مصوری ہنٕز نمائشہٕ۔

**ایوارڑ :**

1973ء مَنز توٗرُک نیشنل ایوارڑ لِلت کلا اکادمی۔

1975-76ء مَنز set designing ایوارڑ بڈشاہ ڈرامہ خأطرٕ، کلچرل اکیڈمی ہُند ایوارڈ۔

1978-79ء کوٗشُر ڈرامہ ''بُت تہٕ بُلڈوزر'' خأطرٕ کلچرل اکیڈمی ہُند ایوارڑ۔

1984ء ایوارڑ کلا پریشد، نئی دہلی۔

1985ء کلہن ایوارڑ کوٗرُس عطا سردار ذیل سِنگھ، پرزنٹ آف انڈیا۔

1997ء جموں یونیورسٹی ہِندِ طرفہٕ دُیُت ہَس عزیزی ڈاکٹریٹ فار لیٹریچر، ۔

1999ء جموں کشمیر گورنمنٹہٕ طرفہٕ پانٛژن لچھن ہُند ایوارڑ۔